چھاپہ خانہٕ : بروکاز پریس سرینگر

چھاپ کر : یوٗکمہِ مئی ۱۹۶۱ سنہ ء

گوڈنیک چھاپ : پانژھ ہتھ

کتابت : غلام رسول

موٗل : ۲ زٕہ روپیہ

پبلشر : نرملا

# ارپن

شمیم احمد شمیم نیرِ ناوہ

دوست آں باشد کہ گیرد دستِ دوست

# فہرس

# گوڈٕ کتھ

میٚہ ووت زٕ ۲ وُری کأشرِس منز لیکھان۔ یہ وٕنہٕ اوس لیکھان بوٚ اُردوٗ پأٹھۍ۔ وٕنہٕ تِہ چھُس بہٕ دوشوٕنی زبانن اندر افسانہٕ لیکھان۔ کأشرِ پأٹھۍ آسن میٚہ اندازن دوٚیہ ترٛیٚہ ۳۲ افسانہ لیکھمتۍ۔ بیٚیہ چھم اکھ کأشِر ناول "موکہ جار" تیار۔ امہٕ ہُرِیمانہ چھم بیٚیاکھ لوکُٹ ناول "سوٚرنٚے تہٕ زُون" شروع کرُمُت۔ لاگہِ نَے آسہٕ ہے، میٚہ آسہٕ ہن ارداہ ۱۸ افسانہٕ چھاپ پیمتۍ۔ ...... یتھ کتابہِ اندر چھہٕ میٚہ شیٚہ افسانہ یکجا کرٕمتۍ۔ بیٚیَن دوٚن کتابن اندر کرکھ بہٕ وارٕہ کارٕہ برٛونٹھُس تام بیٚیہ یاہ افسانہ تہٕ شایع۔ یوٚد وَے یہِ کتاب وُلی وُلی پچہِ۔ امیُک خرچہ وصول سپُد، بہٕ کرٕہ گوڈٕ ناول چھاپہٕ ناونُک سنٛز۔ یِم پأٹھۍ یتھ کتابہِ چھاپنس لگ، تِم چھہٕ میٚہ وۄزُم اُنمتۍ۔ لہٰذا یوٚتامت نہ یہِ قرض نکھہِ وسہِ، بیٚیہ افسانہ تہٕ ناولہٕ چھاپنُک سوالِی چھُنہٕ پأدٕ سپدان۔ یا گوٚڈٕ کانہٕ چھاپن وول آسُن

تیٚلہِ اُمس ہٕنٛز کانٛہہ کتھ مینٛہ نٔش چھےٚ لیکھن کیٚنٛت تہٕ لیو کمنٛت تیوٚ تاہ مواد، تیٚژھاہ کتھ، یمن نہٕ ژھیٚنیٖ چھےٚ۔ یہٕنٛد انداز بدل آسہِ تہٕ یمن منٛز تۄہیٚ پنٕنٛز زِندگی ہُنٛد اکھ گنٛڈن دیٚکھ دود، مائے محبت تہٕ اندہ پیٚٹھہِ اَنتس تام کأشرِ مزازٕچ وُچھو۔

ٹھیکٕن ہیٚۓ گژھیم، مینٛہ چھےٚ یُہ کتھہِ ہنٛز پٔرٛھہ زِہ میأنۍ ناول "موکہ جار" آسہِ کأشرِس ادبس اندر ٹھیکٕن لایق ادبی تخلیق۔ مینٛہ چھےٚ یُہ کتھہِ ہُنٛد افسوس زِہ مینٛہ ہی چھےٚ بٔیہ تہٕ کأشرِ ادیب، یمن نٔش واریاہ مواد چھےٚ مگر چھاپنیکھ کٔرس۔ اَدٔے چھُک طاقچین پیٚٹھ ٹھوومُت۔ یمن شنٛ افسانن پیٚٹھ ونہٕ ہٕ لو یُہ کتھہِ ورأے بیٚیہ کانٛہہ کتھ زِہ یمن منٛز چھےٚ پرٛیتھ کانٛہہ افسانہ مینٛہ جگرس کھٕنتھ۔ تہٕ یہ ہرگاہ یمو منٛزہ اکھ افسانہ تہٕ خوش ییہِ، لو زانہٕ یُن پانُن بھاگ داں۔

بنسی نِردوش

# ٹُلُر

ہرگاہ موہنس یکن پاسے آسہٕ ہے، سو تھاوِہ ہے نہٕ مردن ہنز گرد کُنہٕ۔ تس اُس مردن ہنز ڈٔی۔ زن اوس تمہٕ مردن ہُند بوُل گالنُک قسم کوٚرمُت۔ اَوے اُسو ہسپتالکی سارٕی مُلازِم تس سیٹھہٕ کھوژِہ کھوژِہ کتھہٕ کران۔ ژٕرسن تہٕ دایَن تام اوس تسُند بیم۔ تہٕ کیازِ سو اُس نہٕ کینہہٕ آب وتاب وُچھان۔ کمپونڈر آسہٕ ہے یا ڈاکٹر، سو اُس اُکِس بێیِس کھٕتی رِتن چھِٹہٕ کران۔ یہ دُپیزہ تہٕ بیمار تام اُسو تسُند ناو ہێنہٕ وِزِہ کٔتِن تھٕپھِٕو دِوان۔

"ہتہٕ دہارا یہٕ چھا سێز زنانہٕ۔ یہ چھہٕ پانس شوکھس کرِتھ کیاہ تام بلاسے۔ اکہٕ پھِرہ ییٚس اگا زِہ گرِتھ اَدہ چھنہٕ یتہٕ تھٕپ تُلان۔"

بیالکھ اوس آنکار کران تہٕ وَنان:

"آہن حض۔ یہِ گیہٕ دیہِ ہنز قوٕ در بتھ۔ یُتھ رأٹِ تہٕ چھُنس دِیُمُت تِیتھوُی ہیٚے ہزازٕ تہِ آسہِ ہیٚے نس دِیُمُت، تیٚلہِ کیاہ اوس۔"

پُزی یأٹھی اوس موہنس کُن وُچھِت کاژہ لدن بیمارن ترِ ووٕشلُن کھسان۔ ہسپتالکُ ہسپتال اوس تس کُن وُچھِت رُوزِتھ گژھان۔ یہِ گیہٕ نہٕ شکل۔ یہِ گوٕ وفش۔ وُچھتہ نوُرٕ نی پھٹی کیاہ چھس لیشپان۔ تمُ سُند یہِ شکلہِ فش اوس تمُ سُند بوڈ راٹھِ در۔ سوٕ أسہٕ کأنسہِ کھوژان۔ تمہِ اوس ینُن پان پوُرہ پأٹھی پرٕزنٲومُت۔

پوٚت غیبت چھہٕ پادشاہن تام۔ موہنس ترِ أسی اکِہ دلہٕ کڈان ترٕبیِیس دس لاگان۔ اُڈی أسی دپان — "موہنس اوس کالجس منز کُستام لُڑکس سیتی محبت۔ تمُ لُڑکن پوٗل نہٕ وعدہ۔ تس آو کُستام بیِیس کوٗرِہ سیتی کھاندر کرنہٕ۔ توٚے چھہٕ یُیس پریتھ کأنسہِ مردہ ہنز ژکھ۔ اُڈی أسی ونان — "نہٕ یہِ کتھ چھنہٕ۔ موہنس چھہٕ مأجی خانٕدارن ترأوِتھ ژھنمٕژ۔ یلہِ موہنہ سیٹھاہ لوکُٹ أس۔" "یہِ ہیٚے دِی چھہٕ أمِس مردن ہنز زہِ یم تاوان زد چھنہ کھوٗد بانچ قدر ترِ زنانہٕ کران۔

بیہ ترِ اوس خبر کیاہ ونہٕ پوان۔ اما پوٚز تس بردٕ نہٕ کنہٕ پژھ

کتھ ہنگ اوس نہ کانٛسہ تاب۔ سہ اُس زہر باڈک موکھ۔ ڈاکٹرٕ تہٕ
اُسہٕ نہٕ تس روپیہٕ لیوان۔ کمپونڈرن ہنٛز چھنہٕ کتھی۔ یودوَے سہ کانٛسہ
کمپونڈرس سیتھ کنہٕ وزہٕ اسان اسان کتھ کرہٕ ہے، بیٛین کمپونڈرن اُس
رُئیے لگان۔ تِم اُسہٕ اکھہٕ مُوران۔ زن اُس نہٕ سہ کتھہٕ کران، زن اُس
سہ تس مٕہرہ باگران۔ گوڈنیتھ کس سیتھ اُس سہ یُس کتھ کران، تس
سیتھ اورٕ چ یورٕچ کتھ کرٕ نی اُس تکرہ گھنس نزیر دِنی۔ تس
سیتھ اُس سارٕنی اُس سُرٕ دِتھ کتھ کرٕنی پیوان۔ اوَے اُسہٕ تس سارٕی
تکُر ونان۔

اتھ منٛز چھنہٕ کانہہ شک زہٕ موہنہ اُس "تکُر"۔ امایوٗز تس اوس
نہٕ کونٛڈ مردن ہنٛز اُس تس سخ ژران۔ یہ اُس سہ تُھقس بروٗنہہ
کنہٕ ونان۔ ادٕہ یم مرد تہٕ کیاہ جان چھہٕ۔ یپارٕ ی سہ پکہٕ ہے، تس اُسہٕ
یوکُھ تہٕ بڈٕ ی تھلہٕ تھلہٕ وُچھان۔ اکھ اَکِس ٹکٕ ٹارہ اُچھہ ناہٕ کران۔
تس اوس ناسنا یہ فکرہ تران زہٕ تس وُچھت ہرگاہ مردن یِہے
ژھرٕ ژھرٕ ہش لگان تہٕ کیازہ؟
اُسہ کونہٕ مرد وُچھت یُت تنبلان؟ ،، سہ اُس بیٛین نرسن

پرژهان۔ یلہِ تس کانہہ نرس یہِ وہرِ ہے زِہ :

" ہیتھے ژرێہ چھوٗی مرٛدن ہُنٛد نبر کیاہ آوز دُن۔ یمیٚ پتھے ساری ناکارہ آسان۔ "

تس اُس یہِ بوزِتھ ژکھ یوان۔ پتہ اوس مردن خلاف تسُند لیکچر شروٗع گژھان۔

سہ اُس بولان تہٕ نرسہ آسہ اکھ اکس ژھچھ ہیوان۔ کھینٛدہ کران تہٕ خوش گژھان۔

یم چھوہ ساری تاون زد۔ وُچھہ کھہ کانہہ جان پہن زنانہٕ لبس تھبہ لیسہِ۔ اُڈی ہیٚن وِہش تراوِنہٕ۔ اُڈو بیہن سیٹی وایہِ نہٕ۔ اُڈی گژھن رُوزِتھ تارہ کوٗٹک پأٹھی۔ نہ بکن یور، نہٕ ہور۔ فالج زدہ ہندی پأٹھی لگہ نکھ اُچھو دَرس۔ پرژھتکھ وُنیو با کیاہ گوٚدوٚ۔ تورہ بیہہ نے ہی ہی کرہٕ۔ آخر پرکس طریقہ۔ اُسی کو نہٕ کانٛسہ مردس پھیٚکہٕ سیتر دکہٕ دِوان وچھس کُن اتھہ نِوان اُچھو ناٹہاوان۔ اُسی کو نہ بأپہِ ہندی پأٹھی اُس ہوٚل کرِتھ ژاس کران ؟

" اڈہو۔ اڈہو۔ " زن چھک زِیکھ

موہنہٕ اُس پانہٕ ژاس کرِتھ لاگنہٕ بِہان۔ "اوٚہو، اوٚہو۔" تہٕ نرسہ آسہٕ تس سیٹھاہ ژاس کران تہٕ کرس منز اوس گریٚز وۄتھان۔ یلہٕ یلہٕ مردن ہنز کتھ وۄتھِ ہیے۔

موہنہٕ اُس وۄنہٕ مٕژراوِتھ پننین جذبن ہنٛد اِظہار کران:

"چھوسے بوزان، یمِن مردن پیٚٹھ گژھہ نہٕ سیٚود سیٚود یژھ کرنی۔ یم چھہِ توٚتامت کھوٚکن اتھہِ داران، یوٚتامت ژہٕ بوٚٹھس پیٚٹھ چھک پیٲری وستہٕ ژہٕ ناوِہ ہیٲری وچھکھ پنٕنۍ ناو یرہٕ۔ تہٕ بیٚیہ سپی ناوِہ نم دُٹھِتھ کھوٚری گلہٕ وان، بوٚمالیوٚ ہوٚسش کرٕ زیوٚ۔ یمِن مردن ہنز ذات چھوہ توفرِ دِنٕی لایق۔"

پیٚتہٕ اُس موہنہٕ بیٚیَن نرسن ٹھٹھہٕ کران۔ خاص کرِتھ یوٚہ سہٕ نرس ہرشہٕ مٕژ آسہٕ ہیے۔

"ادہ بی۔ ژہی دنتہٕ نیتھہٕ کرِتھ کوٚ سہٕ شوٚب آیی ژیٚیہٕ۔ بٔژی شیٚنہٕ مرِہ گیٚی اگادِہ۔ بیٚیہ وَنتم، بیٚیہ کیاہ لاس لوٚبھتھ؟"

ہرشہٕ مٕژہ نرسن آسہٕ تمہٕ ہنٛزہ کتھہٕ فیٚکہٕ فیٚکہٕ براہ لیوان۔ اما پوٚز اَنہٕ ہرشہٕ آسہٕ ژرہ لوٚب کران تہٕ تس برو نہہٕ کنہٕ اعلان کران:

"اُسہ چھی نہٕ بوزان۔ اُوری چھی سوزان۔ اُسہ چھی نہٕ بوزان، اُوری چھی سوزان ــــ"

ژُرہو پانٛژھ آسہ تمہ اکہٕ کنہٕ بوزان تہٕ بێیہ کنہٕ ترٛاوان۔ تمہ آسہ نہٕ وانہٕ پنٛنہٕ تجربہ بوزناونہٕ بہٕہان۔ میٚہ کُس کُس چھُ عاشق۔ رات کیاہ وۄن میٚہ فلانٛہٕ ڈاکٹرن۔ میٚہ کُس کمپونڈر چھُ زیادہ خوش کران۔ ہسپتالُک کُس بیمار چھُ میٚہ ڈِلیشتھ ووش تراوان۔ کس چھہ نس جان۔ کس چھہ اُچھو نژان۔ موہنہ اُس یمن سارنٕی کتھن تیکہ تار گِنزان۔ تس اوس نہٕ کینٛہہ وَنژان۔ مگر بێین ژُسن اوس یمہ کتھہ بوزِتھ اکھ رنگ یوان تہٕ بیاکھ گژھان۔ ہۄکو کانیٚن ہِکتہٕ ہِکتہٕ باسان۔ مگر موہنس اوس نہٕ تلہٕ پیٚٹھ تہٕ کشنہٕ یوان۔ سہ اُس اسن کھنگالہٕ ژھنان۔

"توہہ بلاے یِیہٕ۔" سہ اُس تمن کھلہٕ ڈلہٕ کتھہ کرنک وارُوتھ تھادنہٕ خاطرہ پانہٕ کرہ منزہ نیٚبر نیران تہٕ نیٚبر نیرِتھ پنٛنس واڈس منزیمن کتھن پیٚٹھ واریاہ سوٗنچ کران۔

"مردس ورائی ہیکہِ نا زنانہٕ گذارہ کرِتھ؟"

سہ اُس پانس پرٛژھان تہٕ پانسے جواب دِوان:

"کیازِ ہۆ؟" میٹرن کیتہ کُنۆ چھ ژ تچی وُرِش اَسِتھ تہِ کھاندرِ ورائی۔ یِلہِ سو روزِ، یہ کیازِ ہیکہ ہۆ رُوزِتھ۔ یہ کیازِ روزِ کانٛسہ مردس آویزِ۔ یہ چھس انان زینان۔ مےٚ کیاہ چھُہ حاجت؟"

سو بچاہ کرِتھ اُس سو دَندن تل وُٹھ برِنکان تہِ کانٛسہ بیمارس نِش گژِھت ادرِ چ یورِ چ کتھ تلان۔

کام کرِنس کرِتھ اُس سو پھِرِ ژُر گرا یور نژان گرا ہور۔ سفید رشین ہیوٚاریٚن اوس سارِنی نرسن منز صرف تس شوبان۔ کانٛژاہ زبر اُس باسان! یِتھ تتھ پھرا اَسِتھ تہِ یِلہِ بیمارتس ڈیشہ ہن، تمن اوس زن پورِ کُنۆ ہریہ کھسان، زن اُس دُزِ ملہِ تمن شاندس پنٛیٹھ پریٚزلان۔ بیمار اُسو شاندو پنٛیٹھہ کلہِ تھوٚدتُلتھ تس پیرِ پیرِ دُچھان تہِ اُڈی اُسو تس خبر آسہِ ورائی پنٛنین اُچھن ہُند گاشِ تام دِندان۔

دوا زن آسہِ ہے ٹونٛٹھ دِہرِ ہیوٚ۔ بیمار ہوس تسِندِ ہتھ ہٕ دِہرِ تہ اَسان اَسان بچان۔

یہ زن یہ ژِھے سی کانٛسہ بیمارس:

"کیتھ سٕہ دَوا چھُو ؟"

بیمار اوس زیوٗہ ناس کڈان — "ماچھہ کھو تہٕ موٗدُر۔" موہنہ اُس بٹھاہ بٹھاہ کرِتھ اُسن تراوان۔ اَدہ یلہٕ کانٛسہ بیراموسُند کلہٕ پننس کونٛٹھس پیٹھٕ زٕٹِھتھ سوتھس پانہٕ دَوا چاوِہ ہے، بیمارس اُس پزِی یا گٹی دگ مشان۔

ہسپتالس منز اُس یہ کتھ مشہور زٕ یُس نہٕ کانٛسہ ہِندہ اتھہ دَوا چینہٕ سہٕ چینہٕ تُلِرہ ہندہ اتھہٕ۔ اَوسے کیٛزِ آسہ بیٚن وارڈن ہنزہ نرسہ تہٕ دایہ زارہ پارہ کرِتھ موہنس پننس وارڈس منز نِوان۔ نتہٕ اُس کنٛہ وِزہ ڈاکٹر شرارت کران تہٕ کانٛسہ دایہ ہندِ دٕسی موہنس اُکھت پننس وارڈس منز اَنہٕ ناوان۔

نرسن ہندی یا گٹو اوس ڈاکٹرن ہندہ آرامہ خاطرہ تہٕ ہسپتالس اندر اَکھ الگ کمرہ۔ اَتھ منز آسہ نرسہ دائی یا گران تہٕ بیٚیس کمرس منز اُسی ڈاکٹر بیٹھہٕ گژھان۔ یلہٕ زٕہ ترینٛہ ڈاکٹر پننس کمرس منز سمہِ ہن، موہنن ذِکر اوس ضرور کرنہٕ یوان۔ تِہ پتہٕ تہٕ اوس نہٕ کانٛہہ یہ ونان بہران زِہ میہٕ کیاہ چھہ موہنس سیتی واٹھ۔

تُرِہ سیتی یارن لاگِن گئے یوٗ یاٗ ذِ پانس بوٗچھ ناوُن مذاق چھا
سو کرِہ ہے کانٛہہ ہِنٛد جیڈٕ برداشت۔ تس سیتی ٹھٹھہٕ مسخری کرنہٕ
خاطرہ گوٚژھ شِشترٕ وجِگر آسُن۔

مگر برٛج ناتھس گو وازِ خبر کِتھہ کنٕی شِشترٕ وجگر یاٗدٕ۔ شامکہ
کرٛہنہِ جامہ اُسی سارٕسی ہسپتالس وٕلنہِ آمتی۔ یلہٕ موہنہٕ اکِس بیمارہ
سندِہ خاطرہ دوا نینہٕ برٛج ناتھس نِشہٕ واتِ، دواخانس منز
اوس نہٕ امہِ وِزِ بیٚیہ کانٛہہ۔ رنگا رنٛگ دوا بوتلہِ آسنہٕ بجلی ژانگین
تل نیٚبہ نیٚبہ کران۔ موہنس کوٚرُ ودچھت گیہٕ برٛج ناتھس عقلہٕ بقل۔

موہنن تھوو برٛج ناتھس برونٛہہ کنہِ نُسخہٕ تہٕ تتھی سیتی
تھاوِین نِرہ دوا بوتلہ۔ برٛج ناتھس اُس نہٕ اتھہٕ وَتھی یِوان۔ سہٕ
اوس اکھ دوا بوتل پیچھِہ الماریہ پیٚٹھہٕ والان تہٕ بیٚیہ تتی تھوان۔ یمن
دوٚن نُسخن منٛز یم دوا لیکھتہٕ اسی، موہنہٕ لجِ تِمہٕ دوا بوتلہٕ پانہٕ
المارِہ پیٚٹھہٕ والن کُن والنہِ تہٕ برٛج ناتھ بیوٚٹھ دوائین نِہ۔ تس اُس
اتھن تھرہ تھرہ۔ تس اوس بُتھس وٕد شلن کھسان تہٕ وسان۔

"تُہہ چھِہ ما چھوٚوہ بُخار؟" موہنن وٕدنس سِنہِ دِ یاٗ ٹھیٚ۔ تس بُتھ چینو

بُتھِ تلے اُمسُند نقشہٕ ڈُوٗلمُت۔

"اَہن وہاراہ۔" بٕرجَن گِلہٕ نود کلہٕ۔ میٛز وہاراہ وأتٕ شیٖتؠ رٮ۪تھ یُتھی بگارس منٛز۔" یہٕ وُنِتھ ہیُٛژھ تمیُ زیُوٗہ ژُہٹ۔ موٗہنس بایُن پٔوز دِی۔ سو لجِس نبض وُچھنہٕ۔ کھوورِ اتھہٕ چہٕ ژہ اوٗنگجہٕ تھاوِہ تمہٕ برج ناتھہٕ نِس نبضس پیٹھہٕ۔ بٕرجس گیہٕ سأرسی بدنس دِنَ۔ زن لجِس بجلی تارِ تس باسیوٗ گرم گرم خوٗن رگن منز دَوِہ دَو کران۔ زن ادِس سہٕ رگن منز قلابہٕ ژٕ تِھ نیرُن یژھان۔ سہٕ بوٗدھ زِیٹھو زِیٹھو شاہ ہیُنہٕ۔ تس گوٗ وُشِتھ زِہ بُہ ماجِس دواخانس اندر تس گوٗ وُشِتھ زِہ میٛرِس ماجہٕ ہسپتالچ سو نرُس یہٕ سہٕ سیٛزِس تہٕ بوٗچھنہٕ چیِہ بہاں۔ یِتھ بڑُنھ وُچھنہٕ ورأی روٗٹ برج ناتھن موٗہنُن وُچھنُ اتھہٕ نِس اتھس منز۔

موٗہنن تجُو یِتھ کُنَ وہ بھڈہٕ۔ زن گوس لگُر لتہٕ تل۔

"ژیٛہ چھُوی نہٕ تیزی کانہہ۔" تمہٕ ہیوٗتھ نار چھکُن۔ "بہٕ وا لکے ابری پیرِی۔ ژیٛہ چھے ناکانہہ وَقتہ باوُنہٕ۔" بٕرجس گوٗ وُندرِیمُ شاہ اندر تہٕ نیبر یمُ نیبرِ۔

پؠ اُمس برَج ناتھنؠ بجتاوأنؠ زِ بیٚہ ادس نہٕ اُتھیتھ کانٛہہ، نیٚبرٕ آسہِ ہےٚ نس موہنَن پلون تینکہِ تینکہِ کوٚرمٕت۔ موہنَن برٲنؠ وُچھِت گیہٕ بزِ جسٕ زردی پھیرِتھ۔ گٕو زِ گنڈِتھ بیوٚنٛڈ سۄرتس زارٕ پارٕ ہیوٚکرنٕ۔

"میٚہ مہاراہ گیہٕ غلطی۔ میٚہ توٚر نہٕ فکری زِ میٚہ کیاہ گوٚو۔ توٚہہِ چھِوٕ نہٕ خبر بوٚ ماچِس تھٕنزِ ژھاین تہٕ گراین وُچھان — میٚہ دوٚوت شیٚہ رٚیتھ اَندری نار ژٲپان۔ میٚہ وٚنمٕو نہٕ توٚہہِ زانٛہہ کینٛہہ۔ میٚہ چھُ قَسم بوٚ وَنٕو نہٕ بیٚیہ دٕوبارٕ زانٛہہ کینٛہہ۔ بوٚ للہِ وٚہ یہِ دوٚد اَندری۔ میٚہ دِیو معافی۔ توٚہہِ تہٕ مَہ وُنیو کانٛسہِ۔"

"توٚہہِ چھِوٕ شٲرِی مرد دربدر گامِتؠ۔ یِتھوٚی کانٛہہ کوٗر وُچھِن تِتھوٚی چھِوٕ لال پشیمان۔ بوٚ اَسِس وُچھان تریٚہ آسٕے واریاہ پھِرِ تُجِھ پھوران۔ ازیٚلِہ نہٕ بوٚ دوٚہ شوٚسے تُجِھ کڈِتھ نادٕے تیٚلِہ چھِس نہٕ ماچِہ ہنز کوٗر۔" موہنہ وَنِہےٚ تس بیٚیہ تہِ خبر کیاہ کیاہ مگر اُتھی منز ژاو دروازٕ بیاکھ کمیونڈر۔ برَج ناتھس اُسی پنٕنؠ کیٚنہہ اَشی گنڈ آمِتؠ۔ تمہٕ زوٗن نِزِ نوکری گیہٕ اتھہِ۔ موہنَن دِیت اُکس

لٹھرس پتھ کُن دِکھ تہٕ سو دڑایہِ وُٹھ ژایان تہٕ نار چھکان دواخانہ منزٕ نیبر۔ سو گیہ سیدٕ دی بڈِس ڈاکٹرس نِش۔ سو اُسس نہٕ دوہ فی برج ناقص یُتھ ہسپتالس منز زیرہ ناوُنہٕ خاطرٕ تیار۔

"جانٕ مرگ دیان میہ گیہ شیہ ریتھ نار ژایان۔" سو لُچ پانس سیتی کتھہِ کرنہِ۔ "از تارس بہٕ فکرٕ نار کتھ پیٹھ دنان ژایُن۔ فرہادٕ شُند مہُر!"

بُڈِس ڈاکٹرس شُند کواٹر اوس ہسپتالس سیتی۔ سُہ اوس ظاہرا دُنہٕ بنیس کرس منز موجود۔ تہِ کیازِ دارہٕ ھِندی پردہ اسی بجلی گاشس منز چھکان۔

موہنن تھوو سودی شونچتھ زِ بڈِس ڈاکٹرس کیاہ پزِ وَنُن۔

دروازس نِش دٲپتھ دِتی تمہِ اکِس ساڑی بٹن۔ تہٕ منتس ہیُور کُن فش فش دِوان تُل تمہِ چکہ پردٕ رَژھد کھنڈ تھوو۔

آخر کتھ گیہ تس پتہ۔ تس گیہ زنگہِ زن رُوزِتھ۔ تس ہیوتُن دِل ستھ گز تھوو دوہتُن۔ تمہِ وُژ اُچھن دارہ موزن۔ ہسپتالچ

میٹرن اُس سورُوی پان یُڈِس ڈاکٹرِس شانن پیٹھ الوند ترٲوِ تھ تس کتھ تانٛز پیٹھ منہ ناوان۔ ڈاکٹر صاب اوس پننِہ اٚسِس منز رُٹِتھ کیاہ تانٛز سونچان۔ موہنس گو وکنن یوتوٗی یوت:

"توہہ چھوہ نہ زانہہ تہ فُرصت یِوان۔ میٚہ ووت نِہ رٚٹِتھ

یی بوزان۔"

موہنن ترٛوو چکر یرٛدہ وارہ وارہ بیتھر۔ سو دراہہ دِہ لدگرہ سندی پاٹھو یوٚت کھورِہ واپس۔ تس اُس نہ پزٕ ہی یوان۔ مگر یہ اوس نہ خواب، یہ اُس اکھ حقیقت۔ یہ اوس اکھ سِر، تمہِ وُچھ یہ سِر پانہ پننیو چشمو فاش سیدان۔ دوان دوان واتھ سو نرسن ہندس آرام کرس منز۔ تمہِ دیٚت سورُوی پان اُکِس کُرسی پیٹھ بھرِتھ امہِ وِزِہ اُس اتہِ بیاکھ اکھ نرس ناول پران۔ تمہِ وُچھ موہنہ گابرِتھ سو گابریمہِ پانہ۔

"کیاہ سہ زِہ۔ ژٕ یہ کیاہ سہ دلیل چھے؟"

پیٹھِہ کرُسیہ بیٹھِہ تھوٚد وُتھِتھ گیہِ سو موہنس نش۔ تمہِ دیٚت موہنس ستس فش۔ سو بیٹھ تس نبض وُچھنہِ۔

"تہٕ ہِہ کیاہ کاٚنٛسہٕ وٕڈن نوٚہ کینہہ؟" نٔرس بیٹھ بٔیہِ موہنس پرٛژھنہِ۔

موہنن دِیُتُس کلہٕ ہیتی جواب — "نہٕ"

"اَدٕ کیاژِہ چھوٚہ تہٕ ہِہ یِژھاہ زردی پھیرِتھ؟" نٔرسہِ پرٛژھُس سوال۔

موہنس اوس تال ہوٚکھمُت۔ سہٕ اوس کیاہ تانٛی وَنُن یژھان۔ مگر پھوران اوسُس نہٕ۔

"میٚہ تۆر فِکرہ۔" نٔرسہِ ہیوٚتھ جوٗتِش لاگُن۔ "میٚہ تۆر فِکرہ ژیٚہ کیاہ چھوٚی گومُت۔ یِہ ہوٚی وکھ چھُہ آسان یلہِ اکھ زنانہٕ اَکِس مردس" ... سہٕ ہیٚنٛچ نہٕ کتھ ترِ پوٗرہٕ کرِتھ زِہ موہنن دِتُنس اَمِس تھوٗپ۔

"تلہٕ سہٕ میٚہ دِہ آرام کرنہٕ۔" موہنن لُجُس زارہٕ پارہٕ کرنہٕ۔

"ژٕہ کتہِ مانگھ پُز کتھ۔ یاوُن چھاونٛگ دوہ نَے چھِنہٕ دوہے روزان۔" یِہ وَنان دِیُت نٔرسہِ یِل تہٕ سہٕ دڑایہِ دزان دزان کمرہ منزٕ نیٚبر۔

موہنہٕ رُود کمرس منز کیٚنٛہہ ژٕنٛی تس آو کھوژُن۔ بجلی گاٚشس

منز تہٕ باسیوٚ تس اتھ گوٚٹ۔ سو وُڈھ ہتھوٚو۔ کمرٕ منزٕ دٕرایہِ نیبر۔ زن
اُس ہتہ بُدی بینڈ باجہٕ تس وُچھن تہٕ کھووٕری وزان۔

" زنانہٕ واڈٕ۔ مردٕ واڈٕ۔ اکھ مرد۔ بیاکھ زنانہٕ۔ مرد تہٕ زنانہٕ۔ زنانہٕ
تہٕ مرد۔ "

تمہِ وِیت کنن تھوٚپ۔ پتہٕ برٛونٹھ وُچھنہٕ وراٰے گیہٕ سو سیوٚد دُوی
دواخانس اندر۔ برٛنج ناتھن اوس کلس اکھ دِتھ کُرسی منز پان
ژوٚمہٕ روومُت۔ سُہ اوس کار کرِتھ پشہ تاوان۔ موہنن یلہٕ تس فیکِس
زیر دِژ، تمیٚ کڈٕ ووٚٹھ۔ سُہ گوو ہنگہ تہٕ منگہ تھوٚو وُتھتھ۔ موہنس کُن
وُچھت گیہٕ تس گمہٕ ژھٹہٕ پھیرتھ۔

موہنن وُچھ گوڈٕ نچہٕ لۍٚ تس خمار ہژ و چشمو سیتی۔ سُہ ہیوٚک نہٕ
تسنزن نظرن سیتی پنہٕ نظرہ مِلہٕ ناٰوِتھ

" میہٕ چھہٕ وونمیدٕ زٕ تۅہی دِیو میہٕ اُزچہٕ لۍٚ معافی۔ " سُہ لوٚگ
موہنس بیہٕ گُگُرگنڈنہٕ۔

موہنس ژٕول اسُن نیرتھ۔

" کیازِ؟ " موہنن دِیتس جواب۔ شہلیوٕ تۅہیہٕ لوٚکُ نار

سوزٕوی۔ "

بَرَج ناتھس توٗر نہٕ فِکرِ۔ یہِ کیاہ وَنان۔ تَس کلیہ زیٖو۔

"توٗہی کونہٕ جواب دِوان؟" موہنن پرٛژھس بیہ۔ شہلووٗ نار۔"

بَرَج ناتھ گوٚو اَندری گُلگُلو۔ تَس اوس کوٚٹھس بیٚنہِ اَکھ یلہٕ۔

موہنس پییہِ اتھ کُن نظر۔ سوٚ پُچھ دَژھاہ بروٚنہہ پان تہٕ تمہِ دِیُت

تمِسُندِس کوٚٹھس بٹنَن تہٕ دَوان تَس:

"کیاہ اَسِو وِہ توٗہی وَنان؟ ہَشیہ رٕنیتھ وَاَتم ژھاین تہٕ گرٲین

ژُچھان۔" سیٖتی کوٚرن اَسناہ۔

بَرَج ناتھس پھوٗر نہٕ کانہہ جواب۔ سُہ بیوٚٹھ پیٚمے ژھرٹ ہی دِنہٕ

"یہِ کیاہ تماشہ؟ سُہ لوٗگ پٲٹھی پانس پرٛژھنہٕ۔

"جواب کیازِ چھوہ نہٕ دِوان۔ توٚہہِ چھنا زیٖو؟" موہنس اوس

باسان زِ تَس چھُنہٕ پانس تہٕ دَنٕن تگان زِ تَس کیاہ چھُہ وَنُن۔

بَرَج ناتھ اوس ہانگلہ سٕندی پٲٹھی تَس تھلِہ تھلِہ ژُچھان۔

موہنن ترٲوِ سفید اپرس پیٖٹھی بٹن زِ یلہٕ تہٕ یمن بٹنن دَر وَر

دِوان لُگ سوٚ بَرَج ناتھس دَنہٕ:

"یوٚدوٕ وَسے بوٚ تہٕ یہٕ سیٹھ کھاندر کرنہٕ خاطرٕ تیار آسہٕ، تیلہٕ؟"

برج ناتھن دوٚپ۔ یہٕ ما چھہٕ میٚنہٕ دۄنوٚ وُچھان۔ تمۍ کٔر ژھوپہٕ۔

موہنن دُنِس یِہے کتھ دۄبارٕ۔

برج ناتھن ژُجھ یِہے کٔریکھ ہِش ییٚرتھ۔

"نسہٕ، پُزی پاٹھۍ میوٚن مٔرُن چھُوی۔" موہنن پھیٖر منز چھِ منز چھِ بُتھ ہور کُن۔ برج ناتھس آو گٔر، دوٚ شوٚسے نِرٕ ٹھوٚد تُلِتھ کوٚر تمۍ موہنس تیوٚت زورٕ نالہٕ موٚنت زِ دواخانہٕ کیٚن پیچہٕ الماریٚن گیہٕ دٕنن۔

بوتلہٕ سیٹھ آیہٕ بوتل ٹھاسہٕ ہِنہٕ۔

"بےٚ شرم، بےٚ حیا!" دروازس پیٚٹھ گیہٕ امہٕ وِزِ بٔڑس ڈاکٹر ہنز کٔرُکھ۔ زُن اوس تس کادشہٕ پھِرہٕ ہیٚتہٕ گومُت۔

ہسپتالچ میٹرن اُس ڈاکٹر صأبس سیتۍ۔ موہنس کُن وُچھت کوٚر تمہٕ نٔس تالہٕ پیٚٹھ۔

"توٚہۍ چھوٚہ نوکری کرنہٕ یور یِوان کِنہٕ عشق کرنہٕ۔ شہرُک شہر چھُنہٕ اپُز کینہہٕ ونان۔ تۄہۍ کوٚر وَن سورُے ہسپتال بدنام۔ تُہنزِ خاطرٕ چھُنہٕ ییتہٕ کانہہ جاے۔"

# یوتّامت نال ووتھ دامنس تل!

میانٕ کنٕہ چھ پرٕنیتھ اکِس زٕہ راٹ پٕی زٕہ شکلہٕ یازٕہ روپ کھ۔ اکھ چھُ اندر آسان تہٕ بیاکھ نیبر۔ اکھ بڑونٹھو بیاکھ پتہٕ، اکھ کھئیتھ تہٕ بیاکھ نونّ۔

گنگا دھرس تہٕ اُسی زٕہ راٹ پٕی۔ اکھ ژورہٕ، بیاکھ نونّ۔ یہ نونّ راٹ پٕی اوس گنگا دھرس سائرسی دفترس اندر منزٕہ چھاوان تہٕ ناوس تلہٕ ناداں۔ میہٕ اُس خبر گنگا دھرنس سینس منز چھُ زِلہ چہ جایہ ژوردوی اکھ ماز لوتھرٕ بےسوز، نہ یتھ کانہہ احساس نہ کانہہ جذبہ۔ ژاٹہٕ ملہٕ شرینہٕ منزٕہ سلیٹکہ پاٹھو۔ کاٹیاہ رکھہٕ پاٹہٕ کرٕتن انسان اتھ سلیٹس پیٹھ۔ اکہٕ ہاہہ سیتہٕ چھہٕ سوروی نہناوتہٕ یوان۔

میٚ کتہِ اُس پتاہ زِ یِہ ہوی ہا یہِ ییٚومُت تہٕ ضنا یہٕ گوٚمُت انسان چھُ
امارَ و بٕوٚرُ نتہٕ دِل تھوان۔ یہِ چھہ بیاکھ کتھ زِ اتھ دِلس اُس
گژاسے لُجمُژ تہٕ اوَسے اُس گنگا دھرنی زِندگی پَنٕنہِ ترایہِ نِشِ واریاہ
دُجمُژ۔ زِندگی ہنزہ اَمی ڈُجہِ مژہ ترایہِ اوس گنگا دھر لُوکن ہندیٚن
ٹاٹَن تہٕ ٹسنن ہُندِ نِشانہٕ بنومُت۔ دَلپو گنگا دھرس اوس یِموَ
ٹاٹَو تہٕ ٹسنوَ سیتی دِلس لگان۔ مُولَے نہٕ۔ کانہہ ژوٚک ونیٚس یا
مُدُھر۔ کانہہ ہتہٕ سہٕ کرِتھ آکو دِیُس یا ہتو کرِتھ، تس اوس برابر۔
بلکہِ سنکراتُن بٹہٕ ونِس پیٚنٹھ تہٕ اُس نِرتس ژکھ پوان۔

گنگا دھرس اوس سنکراتُن بٹہٕ اَدہ کہنٕ ناو پیٚومُت تہٕ کیازِ
تَسندی کہنٕ گژھہ سنکرات دوہہِ بے آسنہٕ۔ اَدہ اوس سہٕ خوش۔
رٔیتہٕ پیٚنٹھ رٔیتس تام تنخواہ نِنک طریقہ اوس نِرتس ٹارِہ کھسان۔
دفترس منز اُسو بیٚیہِ تہِ مُلازِم۔ کینہہ گنگا دھر نِشِ کھوہ تہٕ کم تنخواہ نِوان۔
توٚہ پتہٕ ترا اُس تِمن ہتھ شوٗبہ، گنگا دھرس نِرا کھ تہِ۔ کالہِ تنخواہ
نِتھ اوس دوٚیمی دوہہ چندہ ڈناں، دُلہ فیٚشان تہٕ دوہ زُم ژھانان
دوہنی زان پیٚزُھس بوٚ زانہہ کالہِ:

" گنگا دھر، گوی کیاہ ۔ ژِ دوہ ترِ چھک نہ ژِ تنخواہ ریتس کڈان ؟ "

پیٹھ دیُت اوسُن جواب دِوان :

" اَدِ کیاہ سۃ کرِ ۔ سنکرات نِئے زیٹھ ہے، خرچ ما زیٹھ ہن میٚہ ۔ تو ترٕ کوٚر میٚہ یمہِ ریتہِ وارِیاہ قناعت ۔ "

یہ اُس اَسہِ سارِنی خبر زِ سنکرات زیٹھنُک مطلب کیاہ گو و ۔ بیٚیہ مُلازِم اُسی گنگا دھرن جواب بُوزِتھ دَب دِوان، اما پوٚز میٚہ اوس زِیٚوٹھ آسنہٕ کنہ وارِیاہ دَریٚر کرُن پیوان ۔ ویسے اوسنہٕ مُنزی مُنزی میٚہ ترٕ اسنس کانہہ چارِ لگان ۔ ترٕ کیا زِ گنگا دھر اوس دوہن ترٕ سنکر اَژ حسابی نظر کران ۔ تأریخ زن آسہٕ ہے پنٛژِم یا پنداُہِیم، ترٕ کانہہ پرٕژِ ہیس ۔ گنگا دھر اَز کُژِیُم سۃ تأریخ ۔ تمُ سُند جواب اوس آسان ۔ مو خصر

پنٛژِم سنکرات ۔ نتہٕ ہر گاہ پوٚرہ کنھ کرے ین، تیلہِ گیوُس وَنُن :

" اَز ہسہ چھ میاُنی کنہ پنداُہِم سنکرات ۔ "

یِہ سنکرات اٗس نہٕ تس زانہہ ترٕ تُشتھ گژھان۔

یِتھہٕ کٔنز نہٕ میہٕ گنگا دھرنِیَن کتھن پیٚٹھ زانہہ ترٕ اَکُن آمُت مگر اکہٕ دوہہ رُود نہٕ میہٕ ترٕ پانس تانٛہ۔ دلیل گیہٕ یِہ زِہ میہٕ اوس تُلی پاہَن نیرُن۔ امہٕ دوہہ اوس اَکھوٗہِیُم تاریخ۔ بہٕ نہٕ زانہہ گنگا دھرس وقت پرٛژھان۔ مگر امہٕ دوہہ پرٛژھ میہٕ گنگا دھرس سیٚودُوی وقت کیاہ سہٕ آسہٕ آمُت۔ گنگا دھرن دِژ دارِہ کُن نظر۔ میانٛہ کِنہٕ لوٚگ سہٕ تاپہٕ رِکھ وُچھنہٕ۔

میہٕ پرٛژھس بیٚیہٕ۔ "دوٚپیٚے ہسہٕ۔ وقت کیاہ آسہٕ آمُت؟"

تورہٕ دِتُنم جواب۔ "اَکھوٗہمہٕ سنکراتہٕ ہنزہ ترٕیہٕ بجیہٕ۔"

یِہ بُوزِتھ ترٛوٚو سارِوی اَسُن۔ یُتھ زِہ میہٕ ترٕ آو اَسُن۔ ہُلی کانِیَن گوٚو اَسہٕ گرُس۔

پتہٕ کِنہٕ کرِیہٕ میہٕ وارِیاہ پھِرہٕ یِہ زانٛنچ کوشِش زِہ سنکراتہٕ سیتی کیازِہ چھہٕ گنگا دھرس یوٗت واٹھ۔ پیاہ لوٚب مہٕ نہٕ کانہہ۔ اما پوٚز اکہٕ دوہہ تَنیِہ یہٕ اصلیت میہٕ تسندِہ گھرہٕ۔

گنگا دھر اوس ترٛٹمی تاریخہ میہٕ لیکھہ ہیٚوان زِہ گوٚ ڈنکہٕ

سنکراژ چھا تنخواہ نیوٗن کنہِ ہۆ۔

امہِ دوہہ تہِ اُس گوڈنچ سنکرات۔ کالہِ اوس میہٕ گنگا دھرس کتھ وِژمِژ زہِ پگاہ چھُ تنخواہ نیوٗن۔ تتھ چھِنہ کانہہ وِڈٕ۔ پگاہ یلہِ ژھۆر تہِ بجیہِ، تنخواہ بِل اُبن وُنہِ دفترہی منز۔ خزانہ پٮ۪ٹھہٕ پیہِ خطاونک اوسنہِ دوہٕ سوالی پیدہٕ سپدان۔ یہ اوسُن نہٕ اُنتھ زہٕ بقایا مُلازِم ہرگاہ اکھ دوہ پژارن، گنگا دھرگوو نہٕ پژن پژارن وول۔ یہِ مأنِ سُند گوبُر تلہِ انز اسمان نکھس۔ مگر بہِ اوس میوٗن ظوٗن۔ گنگا دھرن تیجُ نہٕ تنخواہ ہیچ کیتھی۔ یہ گوس دوہن تہِ ترٮ۪ن منز۔ یہِ کیاہ دُلیل؟ میہٕ آو نہٕ پانس قرار۔ میہٕ وِیتُس یورٕ آلو:

"گنگا دھر۔ کتھ بوز۔ میہٕ گژِھ معافی دِزٕ۔ ژیہٕ پیٚی پگاہ تانی پژارُن۔"

گنگا دھر آو میہٕ برونہہ کُن۔ بڈٕ حسرتہٕ سان وٚنُن:

"مرضی تہندز۔ میہٕ اوس تو تہِ عرض اکھ۔"

"کیاہ سنا؟" میہٕ پژھس کھوژٕ کھوژٕ

"میہٕ گژھ تو تہِ دوپیہِ اکھ۔" گنگا دھرن نکہِ راوِہ وارٕے

اُچھ۔

"روپے اکھ۔ " میٚہ ترٛٲوِ راوِہ اُکھِت بمہٕ۔ کتھ کرٕ؟ "

"بکار چھم —— "

"کتھ سنا؟ یہ ترٕ زن بوزہٕ ہا۔ " میٚہ ووٚنُس تھپ تُلنہٕ خاطرہٕ۔

"یُوت کیاہ چھُوی ژیٚہ جیرس پیٚٹھ ووتمُت۔ یگاہ تانی ہیٚککھ نا پرائرِتھ؟ "

سُہ کتھ پٔژہٕ ہے تورہٕ دِتُن جواب:

تتھ نسہٕ چھُنہٕ چارہٕ کانہہ۔ از چھنا سنکرات! "

گنگا دھرن یہِ جواب بوزِتھ گوس بُہ بیٚہِ گژھتن۔ پانس سیٚتھ کوٚرُم ہناہ سونچ۔ دوٚیُم پیٚٹھہس نائمی وِزہٕ۔ ژہٕ کیازِہ پیٚہ سنکرات پرٛیتھ کُنہٕ کتھِ منز اَاَن۔ مگر بہٕ ریوس نہٕ۔ ترٕ کیازِہ گنگادھر نیٚن ٹادیٚن منز اُسی اُشہٕ قطرہٕ ژہٕ پانژھ زوتان۔

"کیاہ سہٕ چُھکھ دُچھان۔ دِہ سہٕ روپے اکھ فی الحال — "

گنگادھرنی یمہٕ سوالن کوٚرُس بہٕ مژِہ نیٚندرہٕ ہُشیار

میٚہ ترٛٲو کھوٚرِس چندس اتھ۔ ووٚنہٕ روپے دُچھت ژوٚل

گنگا دھرس زیٹھِ زِیُوٹھ ودہ ش ینر تھ۔
میہ رٔژ بیہ دِلس گرٲے۔ روپے دِژمس۔ مگر سیتی وٕنمس
از شامس وِوت سے بہ چون گھرہ۔ چاے گژھہ تھاونی تیار۔
"عیش ہناہ کرِتھ۔" گنگا دھرن تراو روپے چندس۔ تس
کرِن دارِہ کنہٕ صاف۔ کمرہ منزہ تُلن زِیٹھی زیٹھی قدم۔ یوتام میہ
دارِہ کنہٕ نظر دِژ، گنگا دھر اوس سڑکہِ پیٹھ ووتمُت۔ پوتس پیٹھ
آم یہ ہوی خیال پانس زِہ اُمس کیاہ اوس اتھ روپیہ کرُن۔
دفترکی کاغذات وُٹھتھ دِژاس بہ سیو دوی گنگا دھرن گھرہ پیٹھ۔
میہ دوپ بہ وُچھہ یہ چھا تنخواہ پاٹھ افرایہ تفرایہ کران، کنہٕ
گھرس چھہ لاگان۔ یہ سونچان سونچان ووتس بہ گنگا دھرن گھرہ۔
گنگا دھر اوس چوکس منز بہتھ نمسکار اکرِتھ۔ شرو تارہ آسس
اُندی اُندی۔ برونہہ کنہٕ آسس تھال تژمیرہ پوریو بھرِتھ ــ
گورو جی اوس اُچھہ وُٹھتھ کیاہ تام ماٹھر ہش پران۔ میہ زون
زِہ او یہ چھہ ستیہ نراین شنند پاٹھ کران۔ نہ ووٚنم کینہہ تہ نہ
وٚونمس کینہہ۔ اُندری کنہٕ گوم سنح برتیاہ۔ گورو جی یلہ پوزاہ ہاوِتھ

موکلیوٚ، گنگا دھرن کڈ چندہ منزٕ سوٗ ہی وَٹہ روپےٚ۔ گورٕو جیٖنَ
دِژ اتھس پان لوَے نا۔ روپےٚ اُدراٰوُن آبہٕ ہیٚتیو۔ آبہٕ چھکھٕ ژٕہ
تریٚ دِژن گنگا دھرس۔ تمہٕ پندیٚن شُریٚن تہٕ اُہی کران دڑاد چوکہٕ منزٕ
نیٚبر۔ بوٚ اوٚسُس اوٚتامت چوکہٕ دارہ پیٚٹھ یہٕ تماشہٕ وُچھان۔ گنگا
دھرٕنی شُرِی اُسی آرٕہ کٕنی پندی پاٹھٕ یمن پوٗرین کُن وُچھان۔ میاٰنی
کِنہ ہٕنہٕ منزٕی یمن گرٚنید کران۔ گنگا دھرن دِژ سارٕنی اکھ اکھ پوٗرٕی
میٚہ ہوٚدُن کلہٕ ہیٚتیو یکوٗ ہیٚور کھوٗ کٕنڈ۔ کٕنڈ واٰتِتھ پرٚژھس میٚہ
گوٚ ڈینٚتھی یہ ہوے سوال :

”گنگا دھر۔ ژٕہ ما چھُکھ یمنی توٚہیٚمن پیٚٹھ یمِ تنخواہ پاٰنسہ لاگان؟
گنگا دھرن ترٚوو یہٕ بوزِتھ اُسُن۔ اَسنچ آواز اُس عجیبی۔
زٕنتہٕ لوٚیہِ دِس تھالس منز اُس وٹہٕ روپےٚ نژان۔ میٚہ کھوٚت
سخ غشم۔ میٚہ دوٚپُس۔ ژٕے چھُکھ دیان انتاکرن گرٚژھن شوٗدِ
آسنہٕ، سنکراژ دہ یہ پوٗرٕی کرنُک مطلب کیٛاہ گوٚو؟“

گنگا دھرن دِژ رٕژھ کھنجہ میاٰنیٚن کھٕتھن ژراپ تہٕ وٚدونم :

”ناداٰن مہٕ گژھ، یہِ ہٕہ چھُہ کرُن پیوان۔“

"تہِ کیاہ گوو ؟" میہ وٚونُس وزان وزان۔

"ژےٚ کیاہ ہُنِس پینٛڈا چھُیہٕ کانہہ ؟"

"ہُنِس پینٛڈ چھُ کانہہ، دِلس منز چھُم۔" گنگادھرن تۄدوےٚ وناں وناں وۄوش۔

"یہو کیاہ چھُس، یہِ زانہٕ میوٚن بھگوان نتہٕ میوٚن پان۔ اگر تۄہہ تہِ زانِو چھوٚپہٕ یژھان، میہ چھُنہٕ پتہٕ۔ دود بوزناوُنس منز کانہہ حرج۔ یہو اوسُس اُمہِ سندِ زیوٚہ ساٚرِی دلیل بوزٕنی یژھان مگر اکھِ دِتُس میہ وزان وزان نہٕ اوٚ جاپہٕ سان جواب۔ "آسہِ یتہِ کانہہ سنکراُتٔ داستان۔"

میاٚنی یمِ لفظ بوزِتھ گوو گنگادھر کینٛتھ تامت۔ "تی بوزتہٕ۔" گنگادھر بیوٚٹھ پنُن دود باوُنہٕ۔ یہو لوٚگُس کن داٚرِتھ بوزنہٕ۔ تمۍ وٚون میہ کنُن وُچھنہٕ وراٚئی:

"ٹھِکہٕ سہٕ بوزان" میہ اُس زنانہٕ۔ تس اوس ناوٚ شانتہٕ۔ سو اُس سینٛٹھاہ تیشل، سینٛٹھاہ جان۔ یژھ شوٗبہٕ دار گھرن منز زنانہٕ آسنۍ گژھہٕ تژھی۔ سوی اُس پرٕینتھ سنکراٚتٔ ییتھے کنٛز پوٗرِ ی

کران ـ تمُ سُند اعتقاد اوہن بدلیو۔ میُون اوس بدلیو۔ سو اُس
تَوہُن ہنز شکار، بہ ادسس توَہُن خلاف۔ سو اُس سنگرآٹھ دوہ
فاقہ کھوان، پوزہ کران تہ بیتہ مجلس باگران۔ میہ اُس تمُ سنز یہ
فضول خرچی دوِن اُچھن کھران۔ مگر برداش ادسس کران اوہ
کنی تہ کیاہزہ تس اوس کالہ پگاہ دود آسان۔ فکری اوس بہ تران
اُمچہ چھُس کیاہ۔ اتی آسہ ہے جان پاُٹھو شرُیَن باُژن سیتو اسان
گندان، کتھہ کران، اتی ادسس وُچھان وُچھان سازی بدلس
واسے یوان۔ تیر کھسان۔ اتھن کھورن ٹونگر گژھان۔ سو اُس
وُکھ تہ زیو بڑیکنہ لگان۔ اُچھن اُسس منڈلی ہی گژھان۔ آونگجہ
وٹنہ یوان تہ ششترکی پاُٹھو ترکہ ران۔ دندیہان تہ غش یوان۔
بنہ جھنہ کانہہ ڈاکٹر لیسند بہ تمہ علاج کوَر۔ نصفہ کھو تہ زیادہ
تنخواہ اوس میہ تمہ سندین دواہن پیٹھ خرچُن پیوان۔ قرض
قرض تہ اوسُم کرُن پیوان۔ وودہ زُم تہ اوسُم ژھانڈن پیوان۔ یہ
جستہ خانہ کرِتھ تہ گیہ بہ تس کانہہ فرق۔ وُچھہ وَسے تہ انسان
سیچہ کنہ کھو تہ سنخ تہ ماہ وَسے تہ پوشہ کھو تہ اُوِیل اوم ینہ—

میٚہ تہٕ اوس اکہِ وقتہٕ پنُن پان شٔشتٕرُ باسان۔ یِہ اوسُس نہٕ کمن کمن غاٹرِن انان۔ مگر بعضے چھےٚ انسانس تمہِ ہِندِ ین جذبن تہٕ خیالن ہُند پاسہ تہٕ کرُن پیوان، یُس تمِس سارِوی کھوتہٕ ژُٹھ آسہ۔ آدہٕ تِم جذبہٕ پانس رُوژن یا نہٕ رُوژن۔ یہِ وَنُن سٔپنِ مُنٛد چھ گژھان، میٚہ اُس شانتہ پننہِ پانہٕ کھوتہٕ ژٲٹھ۔ توَے اوسُس یِہ تمہٕ ہِندی ساری ناز تُلان۔ نتہٕ میٚہ اُس نا خبر زِ ہ ڈاکدرس دِ گژھہ علاج واتُن، دوا واتُن۔ سنکرٲتھ دوہہ پوٗری کرِنہٕ سیتی چھُنہٕ کانٛہہ دود بلان۔ یِمہِ لولہٕ تہٕ شوقہٕ میانہِ آشِنہِ سنکرٲتھ دوہہ فاقہٕ اُس کھوان، سہیٖہ دیوتن پوٗزاہ کران، گورُ جیٚس وکھنا دِوان تہٕ سارِسی محلس پوٗری بٲگران، تمہِ کیٚنٛژھ گوژھ نہٕ میانہِ زنانہِ کھورس کوٚنڈ تہٕ اژُن۔ تمہٕ بدلہٕ وُچھم تس کالہٕ پگاہ یا لیف کوٹھِین پیٚٹھ، نتہٕ چھچہٕ دندن منز۔ تہٕ کیازِ تس اوس مُنز منزِ دنٛد بٔہنہِ کیٚنٛژھ چھچہٕ سیتی دنٛد تلِتھ کِنٛہہ آرِن پیوان۔ اُتھ حالس منز گیہِ ژور پانژھ وُری۔ میٚہ اُس یہِ بڑا اَنٛتھی ترٲوِتھ زِ اُمِس ہیٚنکہِ کانٛہہ علاج سپدتھ۔ لہٰذا نہٕ اُس سہٕ پانہٕ دوا اُن

لاژ رُوزمژ، نہ اوسُس بہ۔ دہ نی بُزونہِم پانٹھ ڈاکژن پتہ پتہ پھیران۔
اکِہ دہ یہ چھہ دلیل گژھان۔ بہ چھُس وُنِہ شونگِتھی زِہ شانتہ آیم
شاندس تل۔ دٔپیم تو بِہ لاگِو وُنی پلو۔ دپان بٹہ نالنِہ چھہ کرامت
درویش آمت۔ یتہ دٔپن کراماژ کرن وول درویش سہ گژھو نا
اُسی تِہ وُچھو کیاہ ونِہ۔ یہ بُوزِتھ کھژ میٔ سخ ژکھ۔ مگر کینہہ ؤنمس نہ۔
پانس سیتو کوٗرم سونچ۔ ہتا پانہ۔ دہ نی کو یہ کتھ چھہ۔ اُمی سُندی دِل
کیازِہ پھٹہ راوو۔ میٔ زن چھینہ مین کتھن پیٹھ پژھ۔ اگر اُمس پژھے
چھہ۔ میٔ کیاہ ہرِتہ چھہ۔ میٔ لاگ پلو۔ تمہ تِہ لاگ پلو۔ تہ اُسی وٲتی دہ شو
بٹہ مالیٚن درویشس نِش۔ امہِ وِزِہ آسہ ہن اُکھ بجے۔ میٔ ہی حاجت
بند اُسی اتہِ واریاہ پژاران۔ مگر یہ کراماژ کرن وول درویش اوسنِہ
وُنِہ تہ پننِہ کُٹھرِ منزہ نیبر نیران۔ اما پوز اُمی سُندی چیلہ زِہ ترینہ اُکھ
اکہ کمرِ اژان تہ بیٚیہ کمرِ نیران۔ حاجت بند اُسی ساری ژھوپہ کرِتھ۔
اکھ اکِس کُن وُچھان مگر کتھی نہ کران۔ یرتھ کانہہ اوسُس پنُن دود
درویش سی یوت باوُن یژھان۔ بنیس اوسنِہ اتھ منز شریک کرنِہ
خاطرہ تیار۔ گھنٹہ ڈوڈ گھنٹہ گو د، میٔ لگیہے گنڈی ہی۔ میٔ کوٗر

درویش پنڈِس اُکس چیلس آؤ۔ کیاہ سہٕ کرٕ بٲگی ییرٕ درویش صاحب نیتھر؟

"بس ییرنس چھُ تیار۔" چیلن دِیُت دُوری جواب۔ یتھ نا وَنو کِجوا پیٹھ ڈھول تراوِنی۔ تمہ ڈھول اُسی یِم چیلہٕ تراوان۔ حاجت بندن نِشِن نابد رٹان، پاٹھِس وٹان، گرا ہور نژان گرا یور گژھان۔ پدِس پیٹھ یِہٕ پودٕ ٹھوان۔ داہ بَیژِن بجہ یِہٕ۔ میٲنی دفتر دانِنچ فکر۔ میٲ کوٗر دوٗنی بیٹس اُکس چیلس آؤ۔ چندہ منزٕ کڈمٕ رۄپیہٕ جوراہ۔ تمہ تھاوِہ مَس ہلمس منز تہٕ وۄن مَس:

"کیاہ سہٕ درویش صاحب کرِنا سمکھہٕ۔ میٲ گو وٹا دفتر زیر۔"

اَدہ بُڈیو تُہی۔ یہٕ توہہٕ وَنُن چھُ میٲنی دُرِنہٕ۔ بوہ واتہٕ ناوِہ درویش صاحبس شیچھِ۔ شامنس یِی توٗ بیارٕی، اَدہ یہٕ جواب آسِہ۔ یہٕ تہُند اِرشاد آسہِ تہٕ کردوہ یِی تہُندیٖن کنن۔"

میٲ کوٗر اَتھ پیٹھ شانتس سیتی سوٗنچ۔ تمہ موٗن زہ یِی گژھہ جان میٲنی وۄن درویش نِس چیلس اُکفہٕ پیٹھٕ پیٹیس تانِ سارِی دلیل۔ شانتس کیاہ حال چھُ گژھان۔ واے کِتھہٕ کُنٕ چھِس پوان۔ اتھ

تانٛ کیاہ علاج کوٚرُس۔

دروٗیشن صاحبن چیلس سارِی شیٚچھ باوِتھ دٕراس بوہ دفتر شانتہٕ گیہٕ گرٕ ینہٕ واپس۔ پیٚرِ پیٚرِ کوٚرٕنم تاکید زِ شامس ینہٕ مُشتھ گژھ ہوہ۔ دفتر یُوٚن اَوٚ زیٚو شیٚچھ۔ شامس یلہِ بوہ دفترٕ دٕراس، نیٚنک نیٚنک ژٕود اوس پیٚوان۔ گرٕ کِس آنگنس تل تہٕ دوٚتُس، میٚہٕ ژودُوہی نہٕ یادِی زِ میٚہٕ ما اوس دروٗیشس نِش گژھن آنگنس تل واتِتھ گیہٕ میٚہٕ مور ژاہِش پیٚرِتھ۔ کمہِ چیٚز کمہ آیوس بوہ گرٕ دَوان تہٕ دوران۔ آنگنس تل واتِتھ سوٗتیم قدم۔ زن ڈلیم کوٚٹھ۔ دٕڈیم بیٚتھ ژودِس اندر کوٚت گژھ واپس۔ ہیٚور کھسہ تہٕ ہیٚرِ کریٚم بیٚوارِی۔ اَمِس پھٹِہ دِل۔ دِل پھٹُن گو وکُل پھٹُن۔ دیہہ یہِ چیز مساوی زانان۔ کینہہ تٲگُم نہٕ سوچُن۔ قوت برت سند کرمن۔ خبر کمہِ دِژم بشارت۔ آنگنچ دوہس اُس ژودہ ہیتہٕ اَدریتھ۔ میٚہٕ پیٚیہ اَکِس تٔہ نہٕ چیلِس کُن نظر۔ یہِ اوٚنم دوہسہ منزہ کوٚرِتھ۔ خلس بیٚٹھ چھوٚلُم۔ بیندہ منزہ کڈِم ژونال۔ چھلِتھ چھوٚکھ تھوٗدم یہ ژرٕ نہٕ پھول اتھ ژونالہِ منز۔ کانہہ پیٚٹھ واتِتھ پیٚیہ ژھم گوڈنیک سوال شانتن

یہ ہوے :

"بہٹہ مالِکین نا اُسِوہ گاٹہمتی؟"

"گومُت اوسُس۔ چارہ کیاہ اوس بیتھ رٕژہ بیہنہ۔ ژٕ ییٚ کیاہ چھوٗی بجائیلس یُوت ہُٹس ییٚتھ ووتمُت ـــ" اکی شاہہ دِوٗنُس میٚہ خبر کیاہ کیاہ۔ کھورباہ ژٕ کٕڑِتھ بدلاوِم دفترٕکۍ پلو تہ گھرٕکۍ پلو لاگِم۔ رژمہ کھنڈ گیہِ شانتہ آیہِ دوہ رہ چاے ہینیتھ۔ از اوس چایہِ خاص زاگو ہ جار۔ بادام ژٕ ترییٚ تہ اُسِن ترٲوِمتۍ۔ چاے چٕیتھ کوٗرُس میٚہ آلو۔ میٚہ ژہ دٕلو۔ تہنٛدِ خاطرہ چھم درویشن کیاہ تامت ثٕوید سوٗزمُت۔ میٚہ کُڈ کوبٹہ منزہ رُومال۔ شانتہ بیٹھ تھلہ تھلہ دِچھنہ۔ میٚہ دِوٗپُس رٹو۔

دارہ دارہ مُژرٲو امہِ رُومال۔ اتھ منز اوس ژٕنہ پھوٗل۔ میٚہ دوٗپُس۔ "دوٗہہ صُبحن دِتھ دوہ ہکے یہ ژٕنہ پھوٗل دوہ دَس منز بوڈ راوُن تہ دبہ رہ ہن چینیو۔" شانتن تھاو بٕڈہ لولہ تہ شوقہ سان یہ رُومال ییتھے کُنِ دِتِھ مُتھ بٹوس منز۔

پانی پانس ییتی کوٗرم اندری اشتاہ۔ اَوو ہندِس سینز رِس

پزرس تہٕ اُمی سندِس اعتقادس پیٹھ۔

دۆیمہِ دوہہ صُبحن اڈنُن دوہ یِہ اَڈ سیراہ۔ پاد اَکھ وِژن میژ، پادہ اَکِس منز بوڑہ، دوُن ژٕرنہٕ پھوٚل تہٕ اکی شاہہ چون سوزوی دوو۔ یِی کران کران گوٚو ہفتہٕ۔ اوٚتامت ادس اُمِس ترٛیمہٕ یا ژوٗرمہِ دوہہ غش پِوان، گتہٕ گژھان، دنْد ٹھکران۔ مگر دوہ ژ گوٚو ہفتہٕ۔ دود اوسنہٕ کُنی۔ ژٕرنہٕ پھوٚل ہیوٚتن وارہ وارہ دوہ دَس منز گلُن۔ رِنْتھ تہٕ گوٚو۔ نِہ رِنْتھ تہٕ گیہٕ۔ شاتتہٕ ہیژن بیہ صحتس منز یِنہٕ۔ نہ دود کنہٕ نہ دگ کنہٕ۔ میہٕ ہیوٚتُن پیچ دتاب سیدُن۔ یِہ کیاہ سنا تماشہٕ! یِہ کیاہ دلیل؟ دوہ سِہ منزہ کوٗرمیہٕ ژٕرنہٕ پھوٚل۔ یِہ ہوی ژٕرنہٕ پھوٚل بنیوٚ اُمی سندِہ خاطرہ شفا۔ مُنزی پھِس سونچان پانس سیتۍ۔ میہٕ تہٕ ماہیژہ کرامژہ کرِنہٕ۔ خیر خوشی گوٚس۔ کینہہ دوٚہس نہٕ۔ یوٚتامت تمہٕ ژٕرنہٕ پھلیک پیتیم ذرہ تہٕ اکِہ دوہہ ختم گوٚو۔

وُری ڈوہ ڈ وُرِی آسہٕ ہے گومُت الہ کیتھہٕ۔

یِہ ادس سنکر اَژ ہند دوہ۔ تمن دوہن ادسس بوٚ بیٚیس

اُکِس دفترس منز کام کران۔ بِل بنادنس گوو کیاہ تامت ژیر۔ گوڈنچ
سنکرانژ مِیوٗل بہٕ اسہِ تنخواہ۔ میہٕ اوس نہٕ چندس ڈبل پونسہ تہٕ۔
گمرہ وونس دِیان دِیان۔ شانتہٕ اُس چوکس اندرستیہ دیوس پئیوٗن
ہاوان۔ گورو جیئن یٔلہِ پوٗزاہ موکہٕ لاو، شانتن مُنز میہٕ وکھنایہِ ہندہ
خاطرہ روپیے اکھ۔ میہٕ دوٗپس میہٕ چھُنہٕ ڈبل پانسہ۔ میہٕ بہٕ کھنڈ
ہار چندس۔

" وجہ۔ " سو بیٹھم سوال وجواب کرنہٕ۔ گورو جیس ہیٚے وکھنا
دِنہٕ چھہ۔ "

"چھُم نہٕ پانسہ کانہہ۔ دوٗنہٕ کیاہ پھہ کھساہ۔" بو لوگس تس
ہنہ ہنس پیٹھہ ٹکرہٕ۔ دراصل اُس میہٕ تنخواہ میلنہٕ کنہٕ پھوشان۔
اوسے بوٗزھس بوٗ ییہِ ژکھرِ ہش کڈنہٕ۔

گورو جیئن ڈیچھ میہٕ تھۄد بوہلد تہٕ خشمہ ہوت ہیوٗ۔ تمۍ تھاوِہ
انگوچس منز پوٗرہ نوہ تریہٕ گنڈِتھ۔ کھور بانہ لوگن کھوران تہٕ کُس نہٕ
ژلے۔ شانتس گوو یہ موتہٕ کھوتہٕ سخ۔ بیزوہ بہٕ پیٹھو بیٹھہ سو پانس
وودہ وووکر نہٕ۔ تس باسیوٗ زن تہٕ ستیہ دیو بھگوان پانہٕ نارامن

گژھت گھرہ منز دژاو۔ میہ کھوٚت اَتھ کٔنھہِ بٔیٹھ وارسے خشم۔
میہ دٔوپس دزان وزان ــ یہ گوو مژر چون۔ یمو کنھو
سیتی چھنہ اِنسانہ سُند پرابنھ بدلان۔ ناحقہ پاحقہ چھک رود ییہ
پانژھ داہ ھنایہ کران۔ لیس یہ آزلہ ہیٚتھ آو تس تہ بنہ۔ چون
خیال چھا یمو تہ ہمو سیتی چھےُ دُنیا یکان۔ "
سو کنھ مانہ ہے میوٚن۔ اورہ بٔیٹھم نصیحت کرنہ۔ دٔوپ نم:
یلہِ اَکس درویشہ سُند ژرنہ پھوٚل اِنسانہ سُند دود دَگ بُلراوِتھ
ہیکہِ سیتیہ دلو کیاہ ھیکہِ نہ کرِتھ۔
اتھ پیٚٹھ کھژ میہ دوہ نٔ وارسے ژکھ۔ موقع ووتم پُلو ژٹنس۔
میہ دٔوپس: کیاہ چھک ونان درویشہ سُند ژرنہ پھوٚل۔
ژہ ما چھک وتہ ڈجہژ۔ سُہ دِتوٗی میہ دوہ سہ منزہ کوٗرِتھ۔ تمہ دوہے
رُود اوس پیوان، سہ کُس گژِھہی بٹہ مالیُن اندر دربدری کرنہ۔
میہ پھژ یینہ ژلو پانس۔ میوٚن اوس یُوتوٗی یوت وَنُن۔ تس
گیہ برو ہم پاٹھو سارِسی پانس دِنن۔ اَچھن گوس کیاہ تام ڈیکار۔
دٔنہ بتن بہ کھنہ۔ میہ ژٔج کھوروتہ مُژھ نیرتھ۔ شرِیوٚ ژل ماجہ

ہُنٛد حال وُچھِت ہُری۔ بہٕ گوس کہٕ پیٹھ۔ زٕنیو کلیمَ۔ پأنٛی پانس کرُم
وہٕ وہٕ وہٕ۔ گُژ مُورِم۔ ژُھچہ ہێرٛم پانٛس۔ زٕنیو برِچھِم۔ کھوٕرن تہٕ
اتھن دِتِمَس میٹھو۔ آرہٕ ہێتھ سندی پأٹھی وۆنٛمس : ژٕ یٚس کینہہ
رووُوی۔ ژٕ یٚہ بوزتھے پوٚز۔ میٚہ دۆنٛوی یہِ اَیِزٕ۔ بہٕ اوسُس ٹھٹھہ
کران۔ مگر سوٚ کتھ سنا بوزٕہَے۔ سوٚ آسہٕ یورہٕ کرِس عالمس۔ یلہٕ نہٕ
کانٛہہ الگ وَتھ آیم، تمہٕ دوٚرُوی دوریٚن ڈاکٹرس۔ ییتِس کالس
بہٕ ڈاکٹر ہێتھ آس، سوٚرُوی محلہٕ اوس میأنِس گھرِس منز ژٕ ستھ
آمُت۔ شانتہٕ اوس تمہٕ بروٚنٛہہ شہلیمژ ؎

# جافرخان

یِہ چھہٕ تمِن دۄہن ہِنٛز کتھ ییلہِ سرحدکۍ قبأیلی میانہٕ ماجہِ کشیرِ ہندس وَچھس لتہ مۄنٛڈ کران آیہٕ تہٕ مظفرآبادٕ پیٛٹھہٕ شالہِ ٹینگ تام تروٗکھ کترِ بعتہ کرِتھ۔ بٹن تہٕ مسلمانن، کرِن تہٕ سکھن منٛزِ یُس بُہ سُہ یُتھہِ پیوٚکھ لتس تھووکھ نہٕ شب ورشام کُنہِ۔ زنانن کرِکھ بےٚ ستری۔ لۄکچہِ موصوم کورِ نزٕ نا وُیکھ نیٛتھہٕ ننٛنے تہٕ ننٛگے بازرن منٛزٕ مکانہٕ نذر اٰلکھ، دُکانہٕ لوٗٹِکھ۔ بے گُناہ تہٕ بےٚ تقصیر لُکھ کرِ ناوِکھ ٹکہِ ٹکھ، نہٕ وُچھک یتھ نہٕ برٛونٛہہ۔ نہٕ آکھ لوکٹین ہُند عار نہٕ گوکھ بُڈن تہٕ بجین ہُند لحاظہِ۔ اَڈٕ ہ مأرِکھ گولیوٚ سیٚتہٕ، اڈین کوٚرکھ رنٛزہ گنٛڈ۔ گھرن ہندی گھرہ کرِکھ خأیلی۔ دُمرِ ہِنٛز سانٛتھ ژٕلی ہیٛتھ۔ گنٛڈ ترأوِکھ

یُتیٖ، بجیٖرہ نیکھ۔ سماوار دھن تہٕ سماوار کھیپہِ تانٛد نیکھ سو نہ کرِ بارہ متہٕ۔
اکھ گداپات سپُد۔ کیتیاہ مُودی، شُمارٕ ہی چھُنہٕ۔ بیٚنہِ تہٕ بوسے گو جُدا۔
مأجہِ تہٕ کوٗر گیہٕ ژھینہٕ۔ اڈیو ژھوٚن زِوہ لرِزہِ کِنہ مس کأسِتھ تہٕ
اڈیو کوڈ نالہٕ منزٕ یوٗنہِ تام۔ اجَ زنانَو کوٚرٕ پان وٚیتھرِ بزیٖ، اجَو دِژھ
کریلین دوٚہ تھٕ۔ مالیو آیہِ روو اَنہرشین کورین تہٕ نوشین ہٕینیو اکھو
سیتیٖ زہر۔ تہنٛد مان تھاوِنہٕ خاطرٕ، تہنٛد اوبرٕ سے رچھنہٕ خاطرٕ۔

یہِ چھ تِمنی دوٚہن ہِنز کتھ، یلہِ کھنہٕ بلہٕ پیٚٹھٕ کھادن یار تانٛد دِہ
ژھیٚتے اُس۔ اندریم شاہ اوس اندرٕ، بیٚبریمُ نیٚبر۔ دوٚہ بلہٕ اوس انہٕ گوٹ
باسان۔ بازرن اُس دِوَتھ زن وُژھمُت۔ مگر ورٕ تلہٕ اُس تحصیل دفترٕ
کِس آنگنس منز زن دِوَسے۔ قبالیو اوس لوٚٹہٕ مال اتی سوٗمبرٕ ومُت
یہِ اوس ورٕ تلس منز یمن سُتیمُ دوٚہ۔ انز اوس سُلہِ پیٚٹھے جشنہٕ چلان۔
بُڈی بُڈی زِڈ کن تہٕ نِژ مونڈی اُسی آنگنس اندر جمع کران۔ اُ تھی
اُندی اُندی اُسی قبالی شأدی کران۔ وُہ ۲۰ پنٛژہ ۲۵ کھڑ اُسی ترُوٚ دِہ تراونہٕ
آمتی۔ منزی منزی اوس کانہہ قبألی تھوڈ دوٚہتھان۔ نژان نژان اتھ اَلاوس
اُندی اُندی پھیران تہٕ ترُوٚ دِہ تراوتس کڑ ہِنز مازچل اکھ ژھٹھ انان

تہٕ شپ شپ کران یہٕ بٔرکنہٕ بٔہان۔ نوٚنہٕ مرٛژہ وانگنہٕ رٛوستوٗی اوس یہٕ
ماز ژاپہٕ زہ تریٚہٕ دِتھ بٔنگلاوِتھ ژھنان۔

پہٕ نیتھ کٲنِہ قبٲلۍ اُس اکھ اکھ زنانہٕ تہٕ پانس نِش رٔٹِتھ۔ منٛزٕ
اُس کانہہ زنانہٕ نیٚتھِہ زیوٹھ ووٚش تراوان ورزہ کلہ تھوٚد تُلان تہٕ بیٚیہٕ
کوٹھین دوون منٛز برِتھ دِوان۔ سارِیے زنانہٕ آسہٕ گٲرتہٕ کوٗٹھو ملہ وِتھ
نینِس ازلس پیٚٹھ اۆش ہاران۔ کینژن اوس وُدی وُدی اَچھن مۆنژر
وۆتھمت۔ کینہہ آسہٕ وُنہٕ تہٕ اَچھن منٛز حیاتُچ آش ہیٚتھ درد پدی
ہِندی پاٹھۍ کٲنِہ کرتشنہٕ بھگوانس پیاران۔ منٛزی اوس کانہہ قبٲلۍ
جوشس منٛز یتھ تھوٚد ووتھان۔ بھلے بھلے کرِتھ گیوٚن لہراہ تراوان
تہٕ پنِنس قبضس منٛز تھاوِہ مرٛژہ زنانہٕ نریٚن درسہ دِتھ تیتہٕ زورہ نالہٕ
موٚت کران زِہ اندرہ کنہٕ اُسی سیکہ داریوٚ کنہٕ یہٕ گنڈ کار وُچھن والیٚن
مردن ہکہ کرتکھ نیرِتھ ژلان تحصیل دفترس نِش اوس تھانہٕ تہٕ اُتھی
منٛز اُسی مرد رزِہ گنڈِتھ تھاونہٕ آمتی۔ تہٕ یہنزہ زنانہٕ، ماجہٕ، بیٚنہٕ تہٕ
کورِہ آسہ قبالیوٚ نارہ الاوس اَندی اَندی سوٚمبراوِہ مرٛژہ۔

یمن قبالیٚن اندر اوس اکھ جا فرقان۔ یہٕ اوس کوہاٹک قبٲلۍ۔

یِمِس اُس گرِہ مٔنٛج، زنانہٕ گُزارہ تہٕ بیٚیہٕ لوکُٹ بوے۔ اُمی اوس
قبائلیٚن تام اپرہ ہیٚنومُت۔ اوَسے اوشکھ یہٕ رودبہ کینہہ انتظامس لوگمُت۔
اُمی اُسی کنھ اینہٕ ناٲوی ہیتہٕ تہٕ اُمی اوس یہٕ اَلاو ترالنُک بندوبست کرنہٕ
خاطرہ اتہٕ کیٚن کینژن مردن نِکھس پیٚٹھ یِم بُڈھی بُڈی زِنٛدٕ مونڈی سارہ
ناٲوی ہیتہٕ۔ دُنیہٕ اوس آفتاب لوسہٕ سٕنے۔ الاوکٕ دِیہہ لبیک اُسی ژٕہ وا
طرف واپراونہٕ آمیتہٕ۔ امہٕ کینہہ اوس باسان شام ہیٚوتٕن گڑھن۔ جافر
خانن تہٕ اُنی ماز چھل اکھ ژٕنتھ تہٕ یہٕ تھاوِن کڑھس اندر۔ اُندی
پکھو دِژِن نظر۔ زنانہ کانہہ اُسس نہٕ موجود۔ اَکس کونس منز آسہ بچہ
ژہ پانژھ باکہ باکہ کران۔ یِمو اُسی بتھو زٕلی نہٕ لی مسکہ صورت بناوِ مژ۔
بُتھوی اوسنہٕ کانٛسہ ہُند پرژہ نادینہٕ یِوان۔ جافر خان پوٚک یِمن کُن
مگر اڈ وَتی پیٚوس کیاہ تام صلاح۔ رائیفل ترٲوِن کھودرِس پھیکِس لایِنہٕ
تہٕ دوہ پہ دوہ پہ کران ونادتحصیل دفترہ کِہ آنگنہ منزہ نیبر۔

واتان واتان دوت کُدس پیٚٹھ۔ کُدلہٕ پیارہ اُسی زیادہ تر
دُکان کھتریٚن، کینژن مُسلمانن تہٕ بٔٹن ہندی۔ یِم اُسی سارِی خالی۔
نہ اوس یِمن منز سودا کانہہ۔ نہ سودا کینن وول دُکان دار۔ اُڈی دُکان

اُسی دُدہ ہتو تہٕ اڈیٚن دُکانن آسکھ پھالو بیچھ تام نیمژٕہ۔ کڈلہ اپارہ اُسی دُنہٕ تہِ واریاہ مکانہٕ دزان۔ اڈیٚن مکانن اوس ژٕوک تام نوٚن درامُت۔ اڈیٚن مکانن اوس سو تیو مُت نار دِہ دِوان۔ تہٕ اَکِس طرفس کُن اُسی زِہ ژٕور مکانہٕ وُنہٕ دَزِہ ہنے۔ کڈلس پیٚٹھ واتِتھ وُچھ جافرخانن پننی مکانن کُن نظر۔ بازران تُجن۔ اتھ کڈلِن ژٕوٚپہٕ زِہ ژٕور بیٚیہٕ تہٕ یہٕ دِژٕن وُنیتھ منز برُتھ۔ ہلہِ تلیچ ژٕنگی مُژ راؤن۔ اَتھ منز اَکھ اُسن اکھ پھوٚکیٚج تھاوُمژ۔ اَتھ پھوٚٹجہِ کوٚژن نِہ سرہ گنڈ۔ جافرخانن اوس اتھ پھوٚٹجہِ اندر لوٚٹہٕ مالہِ منزہ پنُن حِصہ تراوِتھ تھوٚومُت۔ اتھ اوس یہٕ رچھہٕ کران۔ کُنہِ وِزِہ ہرگاہ ڈاف دِژون، تمہِ وقتہ تہٕ اوسُس زُو اُتھو پھیٚٹجہِ کُن آسان۔ اکھ اتھہٕ ہلِس سیٚتہٕ پھیٚٹجہِ تھپ کرِتھ تہٕ بیاکھ شانس تل۔

بیٚین قبالیٚن سیٚتو آسہ اُمی کُژٕہ لڑا یہٕ ٹلی ہیٚژہ مژٕہ۔ مگر یہٕ پھیٚٹج اُسن نہٕ کانٛسہِ مُژہ راوہٕ دِژمژٕ۔ قبالیٚن ہنز راسے اُس زِہ اتھ منز چھُ خبر کیاہ تام نہٕ اُدِلی چیز۔ موٗلی چیز۔ یُس ہہٕ جافرخان کانٛسہِ ہاوُن چھُ یژھان۔ جافرخان تھاوُ یہٕ پھیٚٹج لونگہِ دُلِتھ بیٚیہٕ

ہمِس گنڈِتھ تہٕ قدم تُلِن برٛونہہ۔ نظر آیہس سروانندنِس مکانس
کُن۔

سروانند اوس وُرِہ نِس منز اکِس کُھترِس نشِس موٗنِش۔ قبالیٖن
ہیُنڈ آو آو بوزِتھ اوس کُھترِ سٹرِہ باٗتھ ہیٚتھ اکِہ دوہہ راتِ کیٚتھ
ژولُمت۔ قبالی اُسی وُنہِ وَرِہ تَل اژٕہسٕنی۔ سروانند دژاو دوٗن
ژوٗن دوہن پیاپیے وانس پیٚٹھ۔ وان اوس بند۔ سروانند اوس
وانہٕ پیٚنِہ پیٚٹھ دوہس بیٛہان تہٕ کالیٖنس گھرہ گژھان۔ قبالی آیہٕ تہٕ ساری
گَنٛدِ کیٚنٛہہ پھوکھ۔ سروانند اوس پتیمیٚن سٮ۪تَن دوہن اُنگہٕ تلہٕ بیچوٗمُت۔
یمہِ یمہِ ویزِ قبالی اُسند مکانس منز ژایہ، خالی درایہ۔ اتہِ اوس
نہٕ وگویو تہٕ ژھیٚنہ مرژِ وستہٕ رنجُر ودرائی بیٚیہِ کینٛہہ۔ صندوقس اکِس
منز آیہ زِچ۔ یمہٕ آیہ نہٕ کانٛسہِ خوش آمژٕ۔ قفال لوٚیو تہٕ کھاسی۔
کترٕ لیٚج تہٕ منٛڈ اوس قبالیو دزان دادِہ لیتہٕ دی دی پھُٹرِتھ ژھیٚمُت
لوٚ لوٚی لوہ گنٛز زِہ اُسی چوکس اندر بُتھ ڈُبہ وِتھ۔ نہٕ اوس یمن منز
پتیمیٚن سٮ۪تن دوہن کینٛہہ رنٛنہٕ آمُت۔ نہٕ اوس کانٛسہِ قبالِس یم
سیٚتہٕ ٹلنُک طماہ گوٚمُت۔ سروانندن اوس پینٛزِ آشینو تہٕ لسی

ہیٚتھ ووگس پیٚنٹھ ژوٚرہ رُوزِتھ سورُدی کینہہٕ وُچھمُت تہٕ دَیِہ شند شُکر کوٚرمُت۔

یُلہِ جآفر خان کُدلس پیٚنٹھ ووت، سرآنندس گیہٕ عقلہِ لعقل۔ سہٕ اوس امہِ وِزِہ کآنی ڈٕبہٕ پیٚنٹھ بِہِتھ توٚلسی سیتی کتھ کران پرآنین دوہن پھیرٕ دِوان۔ از اوس یموٚ دوشوٚہی باژوٚشیہِ دوٚہی کستام مسلمان کاندرہ سِندی ہکھرٕ ہیتو کلیچہ کھیٚتھ ژوٚدوٚ ہیو کوٚرمُت۔ یِتھوٚی سرآنندن قبآلی وُچھو کُدلہ تران، سہٕ وٚلیس رِیوٚو۔ کیتھی پھوٚرِس نہٕ توٚلسی ہووُن اِشارٕہ۔ تس پھیوٚر سآرسی بدنس بیخ۔ بُتھِس ڈوٚلس رنگ۔ سرآنند کھیہے بیٚہ ووگس پیٚنٹھ مگر کوٚلھو گآمس بِہِتھ توٚلسی کھژتیر۔ سو لُج دنٛد برٛیکنہٕ۔ سرآنند ہیوٚکھ نہٕ تھوٚد وُتھِتھ۔ زنانہِ وولُن دَگو۔ یانس وِژن سَت زُنڈ شانٛد۔ بُتھ نوٚدُن سورُوی پھیٚرن نالس اندر۔ تہٕ یان پوٚشِہ روٚوُن زرالا بھگوٚتی۔

یِیتِس کالس منز ژاو جآفر خان آنگنس اندر۔ سہٕ اوس ہیرہِ اکھ اکھ پوٚو کھسان۔ کآنی بیٚنٹھ اوس سرآنندس تہٕ توٚلسی دوشوٚنی باژن شستھ گز پھوٚر وُتھو وُتھو گژھان۔ جآفر خان ژاو بھلے

سے بھلے کران کاٗنی اندر۔ پیہٚرن نالہٕ کنہٕ اوس سرٛواندٕن ڈیکہٕ نُنٛوٗی۔ جاآفرِ خانن کوٚڈ کُنوٗی کھوٗنہٕ سرٛواندس۔ پاٗنٛزاہِ چ مینٛج سید یہ تس سیوٗدوٗی ڈیکس۔ دتہٕ جیکھ دٕزاونیٚر۔ یوٗت کرِ تھ ترِ کوٚڈ نہٕ سرٛواندن کرِتھ ترِ۔ جاآفرِ خانن ڈٕلہٕ نووٗ ستوٚ سیتی ترٛ پنٕنہٕ زباٗنہِ منز بیوٚ ہٹھس

سوال کرِنہٕ :

" زن کتہِ تھووتھن ؟ " قباٗلی لوٗکس بیاکھ دَب۔ سرٛواندن گٔنڈِس گوٚ۔

" خان زن چھُنہٕ ــــ " تمہٕ ووٗنُس آرہٕ ہتھی سِندی پاٗٹھو اَجی زیٚوہِ لتس آسہ عنامیرَے ڈٕمبہٕ مژہ۔ جاآفرِ خانس کھوٚت غُشم۔ تمہٕ تُل دوہ یہ اَکھو سیتی سرٛواند تھوٗد۔ ترِ یہ موٗی لیتھہٕ نوٗن ساٗرسی کاٗنی لتس اُمس جبر زن گرِشہٕ کنٛٹھس منز کھٕنٛیتھ آسنہٕ۔ جاآفرِ خانن پکہٕ نوو سرٛواند کاٗنی وُزَس منز۔ اتہٕ دِیٖنٛس تیوٗت زورہ دکہٕ زِہ سرٛواند آدکرٕنٛجلکی پاٗٹھو لایِنہٕ۔ نوٗن ہیرِہ پاوِن ڈٕلہٕ ڈٕلہِ گرٕھان دوت کنٛٹھو وُزَس منز۔ دوہ یہ پوٗزِ تھ ژٕج توہ لسی اُندرہ کُنیٖ پچھ نیرِتھ۔ جاآفرِ خانن پوٗز کریکھ لتس ہنیہِ لیوکہٕ۔ زن زن

کران آو دوہ دوہ کائی ڈبہ پیٹھ واپس۔ ڈگو ٹلُن ٹھوٗد۔ زن درایہ
نارِہ برِہہ۔ تو تسی آسہ بھیمہ سیتی اُچھو درس لجہ مزہ۔ اُچھو ٹٹھ وال
تہ اوس نہ تس گژھان۔ جعفر خانن واہرا دِہ پزٕ اژہ۔ رائیفل گدٕن
نالہ منزہ تہ ٹھاوِن ژٕنس سیتی اِستادہ۔ تہ پتہ لوگ تو تسی ہُند
غالہِ خط وُچھنہِ۔ تو تسی اُس اُشِس دار لجمژ۔ اکھ اُشو دار اُس
کنو پتو کنو ہتس منز شرو ہیتر تہ بیہ اُشو دارِہ اوس ہو نکنہِ یون
کُن لیشپتھ تُسند وچھ تام اُدروومُت۔ جعفر خانن لوگ، وُٹھ لیونہ
زموٗ زموٗ کنہِ درالیس وُشنہ وُشنہ ژہ تس درایہ بدنس تینبرہ ہشہ۔ وُٹھ
گملاٗوِن تہ خبر تُسند ناوہیتھ کرین تو تسی ہندس اُدرس تُھس
یکہ وِٹہ پانژھ اُکھ ہو نہ۔ تس باسیو نوٗنہ مزہ ہیو۔ پھیری پھیری
لوٗگ سہ وُٹھن لیونہ۔ تو تسی اوس پھریٹہ کھٹ گومُت۔ نہ اوُس
وُدُن تگان نہ وَنُن۔ اُشِس اُس دار برابر، مگر نیو اُسس
بند۔ گیگس اُسس کنڈی زن لارے ہتو۔

جعفر خانس گیہ ہو نہ کرنہ سیتی یہ سہہ زور یادہ۔ تمہ تج
تو تسی ٹھوٗد۔ اکی ڈرہہ کوٗڈنس پھیرن نالہ منزہ نیبر۔

پھیرِنہٕ ورأیِ اوس نٕ توٚتسی بیٚنٕ کانہہ پلو ناٚلِ، نہ قمیض نہ پأجامہ۔ تس اُس ٲتمرٕ رنٛیتٕ پنٛیٹھ ساٲرسی بدنَس تچھنٕ۔ شرٛاکیچوٕ سیتو تچھو تچھو ترٕ اوس نٕ تس تسلا گژھان۔ خیال اوسُس آفتاب لوسہٕ ترٕغانہٕ دارس دِیہٕ کنگوٚنٕ تچھُن۔ اوٚتھ آسس نٕ اوٚنگجہٕ وآمان۔ اوَسے موکلہٕ اوسُن پھیرنٕی یوت ناٚلِ لوگمُت۔ ووٚ ژ یلہٕ جافر خانن ژیرِن مینٹ کرِتھ اوٚک طرف ترٛوٚو، توٚتسی گیہٕ ننگہٕ۔ تس لجُ اُچھن ژھاے۔ تس توٚگ نہٕ سونچنُی زہٕ بہٕ کیاہ کرٕہ، بہٕ کوٚت گژھہ۔ دِمہٕ نا آلوٚ کانٛہہ۔ بوزِہ نا کٲنٛسی کانہہ! دٕچھنی کھوٚورٕی اوس ترٕ نٕ کانٛہہ۔ تس آو نٕ امہٕ وِزِہ سِرِی یہٕ بھگوان ترٕ مدتس۔ تمٕ ترٕ ہیٛژھ اَمی وِزِہ بالہٕ سنگرن پیٹھ ژٕپھ۔ تس باسیہٕ وٕنٛیتھ گلہٕ بھاسان۔ تس آیہٕ یُڈٕ منٛز گرٛینٛڈ پھیرنٕ زن تورٕ یُڈٕ منٛزی مارٕ ہُندِ دوٚد ماجہٕ ہندِس پیٹھے بانٛزکِس شرِس ترٕ فکرہٕ۔ ترٕ تمٕ ہیٛتھ اتھہٕ کھوٚر واینٛز۔ وانٛرہٕ وانٛرہٕ سوٚتیہٕ تس وارٕے کوٹھ۔ انٕ گوٚلوٚئی انٕ گوٚٹ باسیوس

مت گوس گژھنہ نا بۆزنِل تہٕ یہٕ لٔر پیٹھ وٕسِتھ! پھیرِ نا دِج واو
تہٕ وٕنیتھ بوٚہِ پھٕچ ساری سینکھ اَنہٕ تہٕ دِیہٕ میٚہ اُچھن داگِ تھا!
سو مۆرِ سہے اَتھ۔ مگر تمہِ کرٕ اَتھو دٕ یِہ سیتھٕ یڈ تھپ۔ زنگہٕ
زہ تھادیٚن وُٹھِتھ تہٕ بڈہ مُشکِلن وٚونُن جافر خانس کُن:

"خان ـــ متہٕ کرتہٕ، خان متہٕ کرتہٕ۔ میٚہ کیاہ کورمے ـــ"

خانس توٚز نہ کینہہ فِکرِ۔ سہٕ بیوٚٹھ پننہٕ زبانہِ اندر مکایہِ لایہِ زن بٔرنہٕ ـــ
توٚلسی تھوٚو وٕزوی یان لبہِ سیتھٕ ژٕورہٕ۔ چھُنا ممکن یہٕ لَب پھٹہِ ـــ
مگر نہٕ پھوٚٹ لب نہٕ ہلیوٚ مون تہٕ ژِیُن کانہہ۔ رژِھ کھنجہِ لوٚگ خان
توٚلسی ہندس نیٚتھرٕ تنٚس پوٚت پاسس تھلِہ تھلِہ وُچھنہٕ۔ تہٕ پیتہٕ
آس کیاہ تام گرٕ ہیوٚ۔ کٔنی ٹاسہ سیتھٕ ساوُن توٚلسی پیٹھ۔ توٚلسی
اوس سارِسی پانس الہِ الہِ۔ جافر خانن مُژرٕ آو لوٚنگہ۔ توٚلسی ہیوٚوس
اشارہ یِڈکُن۔ تہٕ پھِٹمِتیو کوٚہ ٹھیوٚ وٚنِس بیٚہِ اکہِ لٹہِ: "خان متہٕ
کرتہٕ یِڈ منٚز چھم بچہ!"

یہ بوزِتھ دِژھ خانَن تہٕ لسی ہندس وچھس کُن نظر۔ تسِنزہ یُڈکُن نظر۔ سۓ گوٚو نِہ قدم پتھ۔ تس پیٚیہِ ماجہِ ہنز کتھ یاد۔ نیرنہٕ وِزِ اوسُس ماجہِ پھیری پھیری وٚنمُت ۔۔ تلا مِتہٕ گرٛھتہٕ دربدری کرنہِ۔ بیٚیہِ رٚیتھ ہا آسکھ ژٕہ مول بنیومُت۔ تس پیوٚ یاد۔ اکِہ دوٚہہ اُس تمۍ پنٕنِ گلزارہ آبشیران سیٚتھے کنٕز نیٚتھ نُنی وُچھمُژ۔ سیٚتھے کنٕز اُسن تس تِہ مِچہِ سوتٕ بڈٕ وُچھمُژ۔

جافر خانس ژٕ اِیہِ کوٚھٹیٚن نٚھ نٚھ۔ تہٕ لسی ہُند بُتھ وُچِھت گوس وٚوٕ ذٕ ہیرہ ہیرہ۔ لونگِہ منزہ کڈِن پرٛٚنج۔ یہِ تراٰوِن تہٕ لسی برٚوٚنہہ کُن۔ لونگۍ گنڈِن ہیس۔ رالیفل تِجُن نکھس پیٚیٹھ تہٕ دروازہ کُنہ وٚوتہٕ پوٚت نظر دِنہٕ ورٲۍ لوٚٹ لوٚٹ واپس۔ تہٕ لسی توٚر نہٕ فِکرہ یہِ۔ یِہ کیاہ گوٚو۔ یہ کُس بھتہٕ کال آدمیہٕ بڑٕ وٚنھٕ۔ یہِ کمۍ خیالن نیوٚ گلوان گلوان یِتِہ۔ دُوِہ دٚوہ ژُھن تمِہ پھیرِن۔ کھوٚژی کھوٚژی مُژراٰوِن پرٛٚنج۔ الله منز اُسی سوٚنہٕ سنزی ڈیچہ ہارِی نِہ۔ کنہٕ واجہ نِہ۔ ہیٚرِہ پھوٚل اکھ۔ رِوہ ہنز زُچھہ۔ یتھ پیٚیٹھ یا الله اوس کھنہٕ آمُت۔ بیٚیہ زِکۍ زِکۍ پلو۔ زا شُری سنزی پلو۔ قمیضہ، پاجامہ، صدرِہ، بُنیانہٕ،

لنگوٹہٕ ترزٲری ٹُوپۍ۔ تَوٕ لٔسی تیٚج زٕچھہٕ۔ یہِ تھٲوُن چنِدس۔ پٔنٕچہ تھٲوُن تِھتھے کُنۍ گنڈ تہٕ دارِہ کِنۍ دِژن نظر۔ زِیُوٹھ شاہ نیُوُن۔ جاآفر خان اوس سیٖنہٕ منز کڈُلس وودمُت۔ شاید دِژھ تمۍ کڈُلس پیٚٹھ وأتِتھ پوٚت نظر۔ کڈُلہ ترٕتھ اُس دُچھِن کِنۍ وَتھ مظفر آبادکُن گژھان۔ کھوٚوُر کِنۍ اوس شفاخانہٕ۔ امی منزٕ اُس اکھ وَتھ تحصیل دفترس کُن گژھان۔ کڈُلہِ ترٕتھ دٕرا و جاآفر خان دٕچھِنۍ کِنۍ۔ یوٚت تامت سُہ نظرِ ڈٲول، تَوٕ لٔسی اُسس کٲنٛی دارِہ پیٚٹھٕ مدٔسے گنٛڈِتھ وُچھان۔ سَروٚانند اوس وُنہٕ تہٕ کُٹھہ وُزِس منز دگ شہلاوان ؛

# بال مرآیو

پوٚشہِ کٔجؠ اوس سِینس پیٚٹھ یِو ہوسے وَٹھ ہیوٚ۔ دیان اُسن پکھ لاگِتھ گژھہ تہٕ ٹٕپہ ژٕٹِتھ انن نوٚش مالِنہٕ پیٚٹھہ کھکھرہ۔ کیاہ گوو یَتھ زمانس! ہشہِ ہنز اَڈکتھ تہٕ چھِنہٕ نوشن وٕنیاپان۔ پوٚشہِ کٔجؠ اُس نوشہِ ہنز ساری ژکھ مُتھٕمٕژ۔ کٔجؠ اُس ہٕ سہ نوشہِ ہنزہ اُچھو زہ وٕچھنہٕ پژھان تہٕ کٔجؠ اوس تس دوہٕ زٕ باسان زہٕ میانی کٔنژ گوو دوٚلن باژن دوٗدریٕ تہٕ میوٚنوٚی چھُ سورُوی تقصیر۔

یَنہٕ پیٚٹھہ پرٲن ناکھس ہُل روٗدٕ تہٕ بُتھِکٕ رنگ ڈلن ہیوٚتن پوٚشہِ کٔجؠ اُس وارِنج زٕلنہٕ ہش پِوان۔ آخر ڈٔنبھو دود۔ یوٗت یوٗت تاز اُس انان زہِ دِپہٕ نا پرٲن ناکھس: تلا اُمِس زنانہٕ ہیٚنزہ ہے

خبراہ، اتراہ ـ " مگر اتی اوسُس سونچ یئران زِ ہرگاہ پگاہ بیٚیہ ہیوٚر
بوٚن اوس کینٛہہ ـ یہ ہوٚسے نیچوٚ ما کاسیٚم ژوٚپ ـ دٔییم ژٕے دور نود
تھٔس موہینٛو ہندی پاٹھی ہووٗر گھرہ ـ" لہذا اُس نٔ امہِ بھیمہ پوٚشہِ کجُ
پرآن ناقس کینٛہہ تہِ دُنہِ ہیٚکان ـ

پوٚشہِ کجُ ہیٚز نوٚش اُس کتھ تاذ کتھہِ بیٚٹھ ہشہِ سیتۍ دوٚنکھہ دوٚنکھہ
کرِتھ مالیُن ژٕجٕز ـ پرآن ناقس اوس یہِ موتہِ کھوتہ سخ گومُت ـ سہٕ
اوس اندری کنۍ سونچان زِ اُمِس اگر مالیُن گژھنۍ اوس، میٚۍ کو نٕ
پراریہِ ـ میٚۍ کونہ پرژھُن ـ دوہ ژ اُسی تریہِ رٕیتھ اکھ کلامس گامُت ـ
نٕ اوس پوٚشہِ کجُ نوٚشہِ کانہہ نادس سوٗزمُت نٕ اوسُن نیچوِس ہووٗر گھرہ
گژھنہِ دِیتمُت ـ سوٗ اُس نیچوِس دِل مُول ڈٕلیٚشتھ گرِہ گرِہ اُزمیٚن نوشن
ہِندس وِنۍ ہارس بیٚٹھ کتھ تلان ـ اِتھہِ کُنۍ اُس وٕنان کانٛہہ بیٚیس کُنۍ
مگر کتھ اُس دِوان نیچوِس ـ

"آدہ بی ترٕ گژھہِ کوٚنت ـ اُمٕطہِ نٕ شیشِہ جِیس نیٚتھ گرس منٛز داتن ـ
مالیُن دسیٚس نٕ ژُمرہ وِسیتو ـ"

پوٚشہِ کجُ ہنُد وَتُن اوس زِ میٚأنِس گرس منٛز چلہِ نٕ یُتھ دوا دوٗ

زِہ نوش کریٚم ینچرٕس گرٕ۔ یُمی لرِہ دیٚپیٚس تمی لرِہ شوٗنگہٕ تہٕ یُمی لرِہ دیٚپیٚس تمی لرِہ ووہتھ۔ "

گوڈٕہ گوڈٕہ زون تمہِ مساٗدی یَتس اُس خبر زِہ پانٕے واترِ نس گھاکھران یوٗرٕ۔ یلہِ دوہ دوہ سوٗرِن ہیوٚتُن تہٕ نوشہِ ہیوٚت پنہٕ واٗروِ گھرٕک ہیت ترِ۔ پوٚتہٕ کٔجہ گیہٕ عقلہِ بقل۔ تمسنزِہ کتھہِ منز تُلہ ترٲو تہٕ ہیٚترٕن بدلنہٕ۔ دوہ ژ اُس نہٕ سوٚہ کتھ کانہِ بیٚنیس بیٚنٹھ پادان۔ سوٗہ اُس سیٚود ٹوٗری ینچرِس ونان :

"ٹچھکا وُچھان۔ یُدرِس تہٕ ما اوی کٔشنہٕ اُمِس آشنہِ۔ ینہٕ سوچنہٕ ی میٚہ ما چھہٕ از نہٕ پگاہ واٗرِیو گھرس منز بُتھ دِیُن کانٕسہِ۔ پوٚتہٕ کٔج اُس اُندری کنہٕ نوشہِ ہندہ ریٚہہ گنڈان۔ سوٗہ اُس یژھان زِہ پرآن ناکھس تہٕ گرٕھہ زنانہٕ ہنز تیٚژھی رٔشی گرٕھنہٕ یژھہ تس اُس گامٕژ۔ اوَسے اُس سوٗہ نوشہِ برخلاف یہِ کینٛہہ ہرِہ کھسہِ ہس، یوٗز، اَیزٕ، تہٕ ناکھس نِش پھِرکاوان۔ یمہٕ کتھہِ بُوزِتھ اوس پرآن ناتھ جادٕہ جادٕہ وولان۔ تہٕ تشُس گرٕھان سیٚٹھاہ ژیری گھرہ یِوان۔ منٛزی کینٛہہ کھیوٚان تہٕ منٛزی فاقے وٕرلنِس منز اُژِتھ ڈُلہ گنڈی دِوان۔ ناتھنہٕ یہِ بے قرارٕی تہٕ

اُس ہِنٛز پوٗشہِ کٕنٛج ذٕرِ ہتھ ہیٚکان۔ اوَسے اوس تَس وَچھِس پیٚٹھ بار ہیوٗ۔ اوَسے اوس از تَمہِ فیصلہِ کوٚرمُت زِ ہ یِتھوٗی نا ہتہ گھرہ ییہِ، یوٗ سوزن تمی وِزِہ زنانہِ آنِنہِ خاطرہ ہوٗوُر۔ تتھ کیاہ عیب چھُ۔ پنٕنۍ باُژ ایِس ہِنٛز آدِہ کٕس اَنِیس۔"

سو اُس یِمے کتھہِ ہنٛز مٔنزی سوٗنچان زِ ہ اُکھی اندر گو و بازرس منٛز شور۔ عام تہٕ خام اوس سڑکہِ پیٚٹھ ژٕسِتھ آمُت۔ قادر واتِہ نَس دانِہ ججرس بر و نِہ کنِہ اوس ٹُلکہِ ارساتھ۔ اُڈی اُسی پھیرادِے کران۔ اُڈی اُسی دروازس نِشِن اِستادِہ۔ اُڈی اُسی دارِہ کِنہِ اَلاٗندی ہی گاٛمتہِ۔ بیٚیہِ تہٕ آسہِ کینٛہہ منڈِہ منٛز سڑکہِ پیٚٹھ پھِرچِر کران، زن اُسی لایہِ ہنٛزان کاٗنِسہِ ہنٛز کانٛہہ کتھ اُس ہِنٛز فِکرہ تران۔

پوٗشہِ کٕنٛجہِ ہُنٛد مکانہِ اوس سڑکہِ پیٚٹھی۔ سڑکہِ اَپور دٔیمہِ طرفہ اُس سیٚدِہ سیوٗد زِ پیٚٹھ دُکانہِ لاُن۔ یِم اُسی ہِنٛزِ تِتھی دُکان یِمن اندر کانٛہہ سامانہِ یا سودا چھُ آسان۔ ہِنٛز اُسی یِم مکانہِ ہی یِمن منٛز وٛنٹ، کُٹھو تہٕ کاٗنی چھِہ آسان۔ مجلس منٛز اُسی یِمن واتل ججرہ ونان۔ یِمی ججرن منٛز اوس اَکِس ججرس اندرانہِ واریاہ کاٗلی بیٚیہِ مجادلہ لٔگمُت۔

پوشہِ کچھ تور بۄ کینہہ ترِ فکرِ نِہ دلیل کیاہ چھ۔ دارِ کنہِ کرِتھ دِتھ
پۄرِتھ تمہِ اکسی اکسی نِہ کیاہ باقصہ چھ۔ اما قادرِہ چھا وارے۔ مگر
تہنزِ کتھِ وِیت بۄ کانسِہ جواب۔ پوشہِ کچھ گیہ شکس۔ دوپُن خبر
قادرِہ ماچھر شراب چیتھ متیومت۔

اورہ یورہ ترِ اسو داریو کنہ محلہ دہ اکھ اکس پرِتھان۔ مگر
پوشہِ کچھ اوس بۄ معنہِ مطلب بوزُن تگان۔ بازرِ کنہ ییس کانہہ پکہ ہے
سہ اوس قادرِنس وانہ حجرس برونہہ کنہِ اِستادِہ گژھان۔ اندرکن
نظر تمہِ اوِتھ اشناہ کران ترِ تماشہِ وچھنہِ خاطرہ تتی رُوزِتھ گژھان۔
یمن منز اسو اڈی لبہ سیتی اِستادِہ ڈوکھ دِتھ زان کانسہ پرِاران۔
تہنزہ تیز تیز کتھہ بوزِتھ اوس باسان نِہ ٹینزپشس ہیٹھ دود
پیوان۔ پوشہِ کچھ ییلہِ نہ کینہہ ترِ فکرِ تور، تمہِ دِژ کلس دُرج۔ لوگ
گنڈِن ترِ وُژھ بوٗزِ کنہ۔ پوژہ لونٹھ دچھنس اکس منز پرِتھ دیت
تمہِ محلہ کس بنیس وا تلس آو:

"شلہ جوا۔ ہتہ باسلہ جوا۔ یہ کیاہ دلیل چھ؟" واتلن اُمس
سو سار نی ہتا کرِتھ آو دِوان۔ مگر یمہِ وِزہ پانس کانہہ غرض آسہ ہیس۔

اَنگنس ڈُو ناوُن آسہ ہیٚس یا چھیِنز شیرٕ تاوُز آسہ ہیٚس تہٕ وِزہ
اُمہِ سو قاعدٕ رٕس یا سُلس یا بیٚیہٕ کأنسہ ہتہ بوٗ ترٕ ہتہ دی کرِتھ
آلو کران ۔

یمہٕ وِزہ پوٚشہِ کجہٕ سُلس آلو دِیُت، سہ اوس وُنہٕ ژاپان ترِ نار
چھکان ۔ منز سٹرِکہِ پیٚنٹھ نہٕ گلزان لینکرٕ پٕران ۔۔" مال ذات۔ شُکس
لدٕزٕ ۔ بےٚ حیا ۔ مو ردار ۔۔ بیٚیہٕ ترٕ غیر کیاہ کیاہ ۔

پوٚشہِ کجہٕ پیوٚ بیٚیہٕ اکہِ لِلہٕ سُلس کرٕنکھ وِتھ پرٕژھن :
"ہتہ ! ۔ ژٕ کس چھُک بڑٕ ڈُومٹ ۔ ژٕ کو ہنزٕ یوٗرُک بوزان ؟"
سُلس اوس پوٚشہِ کجہٕ ہُند سیٚنٹھاہ لحاظ ۔ ترٕ کیازِ سو اُسس
دارِ پیٚنٹھ ہہتھ مولوی صابُن یاُکھ سارٕنی واتلن دوہس منز دِہہ
پھِرٕ نصیحژ ہ کران ۔ تمہٕ ہرگاہ یانہٕ واُنز ژٕٹہ ہن ۔ سو اُس تمن
بُتھ پھِران ۔ اُڈُ نزاُڈُ کران ۔۔ "شریف محلس منز روزُنک تمیزہ
ترٕ چھوُنہٕ ۔ "

سُلن یلہٕ پوٚشہِ کجہٕ سٹرِکہِ پیٚنٹھ وُچھ، تس گیہٕ ژھوپہٕ ۔ سہ آو
تس نِش پیٚنز کِنہٕ صفائی تارٕنہٕ ۔

اکھ زنانہٕ اُس وُنہٕ ہتو کرٕ چھکان۔ شُکن پھیرٕ تس بُتھ۔

"تہٕ ہہ کیٚہو بنیوو۔ کھینتہ چینتہ زن چھُوہ مہ لگان۔" پوٚرشہ کجٕ لجٕ تس پھو شان پھو شان وننہٕ :

"نہ چھُوہ پانس سو کھ نہٕ چھُوہ بێین سو کھ دِوان۔ یہِ دِکھ داُرِی چھہ یُتہٕ دوہے آسان۔"

"ہٕ دی سو ڈلیل چھینہٕ۔" شُکن کوٚر مہٕ قمیصہٕ سیتی بُتھ صاف تہٕ کھووِرہ اَتھہٕ سیتی کڈٕن کھنز۔

دلیل چھہ کیاہ ؟ پوٚرشہٕ کجٕ اُس بوزن یژھان۔ تمہٕ پرٕژھ شُکس۔ "نا تہٕ یہٕ محشر کتھ پیٹھ چھُ ؟ "

"قادرس چھا زژ یٕری ؟ " تہنز یہٕ کتھ بوٗزِتھ گیہٕ وارِیاہ تماشہٕ گیرِ تمن تہٕ اَندی اَندی جمع۔

"اَہن دی زژ یٕری چھُس۔" شُکنس اتھ جوابس منز اُس ژکھ۔ "کانِہ بُتھ دِنٕ لایق رُود نہٕ۔" کوتاہ توشان اوس اُمِس کوٚنڈلِکن وُچھت۔

شُکہ اوس قادرنہٕ زنانہٕ اَشمن ذکرٕ کران۔ تمہٕ تراو کتھ اُڈی

تہٕ سٔہ گوٚو بیٚیِس کِس زنانہِ نِشِس۔ سۄ اٲس قادرنِس وانہٕ حجرس برونٛہہ کنہِ نٔنے نٔنے لیکہ پرٛان۔ تس ہیتو آسہ بیٚیہ اکھ زہ زنانہ لیلہ وٕرکران تہٕ قادرنہِ زنانہِ ووٚہوان۔ یتھوٗی سٕلہِ تمِن ژھوپہ کرناونہِ لوٚگ۔ تمِن لیجٕ زیادٕے کھاہرن۔ تمہٕ بیچہٕ پلیس سونٹب اکھ اکھ لیٚک کڈنہٕ یُتھ زِہ تہٕنزہ لیٚکہ بوٗزِتھ ووٚہژھہ داریاہ بٔٹنہِ دندوٚ ہیتو دو تہٕ ونٔتھہِ ژاپان داریو بیٚٹھہ نقود۔ پوٚشہٕ کیجٕ اٲس وُنہِ تہٕ دوٚن تہٕ ترٛیٚن منز۔ یہِ اوس نہٕ تس فِکرِہ تران زِہ یمِن کیاہ چھِ یوٗت جیرِس بیٚٹھہ ووتمُت۔ قادرنہِ زنانہِ اشمہِ کُس سنا تقصیر چھِ کھوتمُت۔

مرٛکہِ الور ترٛٲتھ تہٕ لوٚکُو منزٕ ہو وَتھ کڈِتھ دِژ تمہِ تہٕ قادرہِ نِس حجرس اندر دارِہ کنہٕ نظر۔ قادرنِ زنانہٕ آشنہ اٲس لبہِ کُنہٕ ہُتھ کرِتھ کنھ تام زِچہِ ٹیب دِوان۔ تس وراکی اوس نہٕ اندرہ بیٚیہ کانہہ۔ تنیرٕ کنہٕ یوٗت کرنیکہِ نادٲستھ ترِ اوس نہٕ تس ماچہِ ہنزہ کورِہ کیچھہ دِکھیہ گژھان۔

پوٚشہٕ کیجٕ دارِہ تل وُچھِت گوٚو سٕلہِ دروازہ کنہٕ اندر اژِتھ۔

تہٕ تمہٕ ووٚن پوٚشہٕ کیجہٕ کُن :

"ہتہ دِی۔ گواہ رُوزی زِہ۔ بہ چھُس وَنان، سیوٚد سیوٚد نیرِیتہٕ۔
نیتہٕ کڈِتھ بہ لِتھوان۔"

سُلٕنز یہِ کتھ بوزِتھ پھیرٕ اشمن پتھ کنُ بُتھ۔ بمہٕ ترٛٲکراوین تہٕ لُج بیٚیہِ یوس ٹیب دِنہٕ۔ پوٚشہِ کٕچ اُس پننِس سیزرس سیتو۔ تس اُس خبر زِہ سُلہٕ چھُ قادرن لہ کٹ بوے۔ بیوٚنوی اگر چھُ دٲرامُت تو تِہ کیاہ گوو۔ دٲرِس چھہِ بٲئی کاکنہِ پیٚٹھ واریاہ حق آسان۔ مگر یُت تِنہٕ۔ یہِ گیہِ ہم ہستی۔"

"نیا یہِ چھُوی غلط۔ آخرنُن گھرہ ترٲوِتھ کوٚت گژھِ۔" پوٚشہِ کٕچہ دِیتُس جواب

"ہتہ دیٚدی۔ ژیٚیہ چھےٚ نہٕ خبر۔ اُمِس چھا ژھارُن۔ ترین دہن یوٚت گمُژ اُس، تُوری گژھِن۔" "سُلن نیوٗیہِ وَنان آشمہِ نہٕ اتھہٕ منزہ نِچہ پکو ترٕ لوٚگ تس نزہ زُٹھتھ تھوٚد تلنہِ۔

پوٚشہِ کٕچہ زون زِہ آشمہِ چھُ کیاہ تانی اثر کوٚرمُت۔ نجر کتھ پیٚٹھ تھٕنبلیمٕژ۔ پوٚشہِ کٕچ اُس گرِہ گرِہ وَنان نِزہ یہِ مسول ہِش زنانہٕ گژھ نہٕ واتٕچ آسنہٕ۔ یُرُو کرمن ہُندِ پھل۔ یُتمہِ زنمہٕ آسہے خبر کُس

یُندرازہ ہنز کوٗر۔ پیٚٹھ زانِہہے آشنہ گیوٗن تِہ۔ سو اُس پرٛانی سارن
اکھ داج ہیٚتھ آمٕژ۔ یمہٕ دوٚہہ دوٚن باژن صلاح آسہٕ ہے، تمہٕ
دوٚہہ کالچنس اوس تِسندِہ ژیوٚہ اُزنہٕ بالہِ ہنٛدوٗژن بوزنس لایق آسان
خاص کٔرتھ اکھ بیت سہ

بہ نو دُورِتی چون ذرَسے بال مرِ آیو

پرتشہِ کچہٕ اوس یہِ بأت سٔنتھ گوٗمت۔ تس اوس یہِ بوزان بوزان
سٔہ دِہ کاک یاد پیٚوان۔ لوکہٕ چار یاد پیٚوان۔ اوَسے اُس سو منٛزی
منٛزی بجلی ژھٔنیتہ کٔرتھ دم دارِہ پیٚٹھ کلہ ترأوِتھ واریاہس کالس
آشمن گیوٗن بوزان۔ ژن آسہٕ سو پرٛچھ دِگنہ دینہِ وان۔ کنہ وِزِہ اُس
پوٚشہِ کچ دارہ کنی فرمایش کران :

"ہتا قادرا۔ یأرو و چھو۔ تلا دُپس سہٕ بأت بوزناوُن۔ سہٕ
ہا___ بال مرٕسے یو___"

آشمن گیوٗن بوٗزِتھ اوس پوٚشہِ کچہٕ زِندگی ہنٛد سوزوی کرتچھر۔ سأری
ژکھ تہٕ ملالہِ مُشتھ گژھان۔ تس اُس دیوی مندرچ آرتی یاد پیٚوان۔
صُبحکہِ اڈہ بھلہِ گاشہٕ آ ہہنا دیوی مندرس منز آرتی وِزہ پیٚتھے کنی

زن وِگنہٕ وَنوان ۔ پوٚشہٕ کُجہٕ اوس پانس ترٕ یہٕ بوزُن تگان زِ یہٕ
جل گوٚو نہٕ جادہٕ کاس اتھ بچہٕ جِگرس منز ڈاڈ کرن وول ۔ ترٕ کیازِ
خاطرٕ ترٕ کُس اوس یمِس اتھ دوہ تھان ۔ قادرہٕ اوس یمِس کھوٚنتین
گِنزان ۔ ہنگہٕ ترٕ منگہٕ دوہوان ، وَدہٕ ناوان ۔ اکِہ دوہ یہٕ یلہِ قادرن
آشمِہ نُتھہٕ پھیر ترٕ سو اوٚش ہارنہٕ بیٹھ ، پوٚشہٕ کُج اُس دارِہ کِنۍ وُچھان

سو وُژھس :

" ژٕ کیٚہو زِہ اَمِس پَنِنۍ کڈان ؟ یِژہ موہرہٕ چھل ہش زمانہٕ
نبا بنی در دُنیا ۔ یمُ ہا چھی خبر کیاہ تام کرم کرٕمتی ۔ یمِس چھُنہٕ خُدایِن
صبر دِتیمُت ۔ یہٕ نبا ژالی بیٚاکھ ۔ "

" ژالِہ نتہٕ اَدہٕ کیاہ کرِہ ؟ " یوٚرہٕ دِتُس قادرن جواب —
" تیٚلہِ ژٕ لیٚا — " یہٕ ونان لوٚگ سُہ آشمِہ کُن خشمہٕ ہٕژو چشمو وُچھنہٕ ۔
آشمِہ ژوٚل وَدان وَدان خبر کیازِہ ٹھا ٹھا کرِ تھ اُسن نیرِتھ —
قادرہٕ اوس پنہٕ اپزِہ آشمِہ بیوٚ آرِی کران ۔ لیکہ یِہ اَن ، نتہٕ ماران ۔
یُتھ زِہ آشمِہ اُسی اَدِرس پانس ژِھچین ہِندی ۔ ارغ گژھان
ترٕ دُرس بازر اوس تہُند تماشہٕ وُچھنہٕ یِوان ۔ پوٚشہٕ کُج اُس نہٕ

یِہ ڈُرِتھ ہیکان۔ سوٗ اُس تَس دارِ کِنۍ یِہ ڈیپِتھ تہٕ دارِ پانہٕ کران۔

"ہتا قادِرا- ژٕ ییٚکیاہ رووُوی، شگہٕ نو وُچھتھ یِہ پان ـــ"

پوٗشہٕ کُجہ ہِنٛد منزٕ آژن اوس ساٗرۍسی مجلس کھران۔ تِم آسۍ اکھ اَکِس کُن وَنان :

"دِیتس ژٕ ییٚکہ سہ بی چینٛڈ چھکے۔ پانہٕ واٗنۍ باٗژن دوٗن یِہ خوش کرٕنۍ کھ تہٕ کرن۔ بیہِ پانس، ڈُچھ تماشہٕ۔"

پوٗشہٕ کُجہ اُس نہٕ یِہ تماشہٕ زانان۔ تمہِ ہیوٚک نہٕ ازتہٕ یِہ تماشہٕ ڈُرِتھ۔ اوَے وُژھ سو پانہٕ ہیٚرِ پیٚٹھہٕ بوٚن۔ ییٚلہٕ تٕسلن اشمہٕ سیتۍ دِبہ وب لاجو۔ "یِزی نیبرٕ ییتہٕ ڈُلی! "

پوٗشہٕ کُجہ ژایہٕ دروازہٕ کِنۍ اندر۔ "تلہٕ بامہ وَنٕس کینہہ۔ آخر یہِ کیاہ چھہ وَنان؟ " تمہِ پرٛژھ تٕسلس۔

" ونہٕ کیاہ دی اوٚرِ۔ یاگوڈ اسہٕ چھنہٕ خبر اَمۍ سندیٚن کرتوٗتن ہنٛز۔ " تٕسلن دِیُتس جواب۔ " تلہٕ دی وُنۍ ستۍ ترِیٚن راٗژن کتہٕ اُس۔ " امہِ کتھہٕ گیہٕ پوٗشہٕ کُجہ ہیٚرِ یہٕ تہٕ دِنَن۔

" ماٗلِس مانجہٕ تس آسہ ہےٚ گاٹٕ۔ " پوٗشہٕ کُجہ دوٚنس اَکھتی

تسندِہ بدلہِ۔ تس آد اُچھن تل نوشہِ ہُند بُتھ۔ یِس ترپہِ رٹتھ ماٗلینِسی منز گٔے۔

" ترِ ندی کینہہ۔ سُہ کتہِ چھُس مول تہٕ سو کتہِ چھس ماٗجِ۔ زِٹھ بینہِ چھس خبر کتہِ دربدر۔ شیٚنہِ پریز کرُہو تمہِ کونڈلہِ۔

اَدِہ دی۔ تس پوٚک۔ یُمُس آسہِ خبر ووہ لامیہٕ ترِ ہاپکر۔ یہِ چھس ہٕز خبرِی قاٗدرِہ ہاگو وزہرہ باڈک پیوٚت۔ ڈُچھ بُجر کیاہ ویٚٹھ راوِن۔ اُمس چھا یوٗرک کینہہ ونیان۔ " اتھ کتھِ پیٚنٹھ آد پوٗشہِ کُجہ خبر کیازِہ اُسن۔

" اَدِہ ہا۔ تو تیرِ یِنس ادرہ خانہِ دار۔ سُہ تہٕ یہِ زانہِ۔ " پوٗشہِ کُج بیٹھ داسے ونہِ۔ سو اُس اتہِ جل جل پوٚت پھیرُن یژھان۔ تس اُسی نیچوٕس کُن پژان۔ تس ادس نیچوٕ اَمی آنہٕ نوشہِ سوزُن۔

" ہیتہِ دی۔ جھگرِہ کُس چھُ یتھ۔ " سٔلہِ بیوٗلہ تس حاٗرثات بوزناوِہٕ پوٗشہِ کُج اُس ہٕز دوہ نی کینہہ ترِ بوزُن یژھان۔

" خدُا دی نتے ادٕرجان۔ " سٔلن ووٚنُس زنانن ہندی یاٗ لٹُی ہونگنہ تل اتھ ڈُکھر اُدِتھ۔

" چھکہِ دی بوزان۔ قاٗدرِہ ادس قلف کرِتھ درامُت۔ اسہِ ہٕز خبرِی

یتامت یہٕ اندر ژامِژ۔ خبر کیتھہ کُنُ مُژہ روزُن قلُف۔ اَدہ بی ترٕ قادرن
چھُ ٹھاک کوٚرمُت زِہ ہرگاہ آشمہ پیاٗرِو آیہٕ، زنگہ گژھنس ژٹنہٕ۔
ژیٚہ سیٚچھے تو ترِسند شرارت پتاہ۔ شہ اگر اوٚرہ آو۔
اُمِس اوس حقی، اسہِ گژھِہ ناحقس بیٚٹھ اگا دِہ۔ "
یہ کتھہ اُس بہنہٕ لایق۔ ترٕ کیازِہ قادرن متُن اوس ہوٚس متُن۔ اَدہ
شہ بینِس اگادِہ گژھہ ہے یا وہ پرس، شہ ذانہٕ ہے نہ پتھ بہ ونتھہٕ دِچھُن
کمیٹی ہُند جمعدار تانی اوس تس سیٹھ کھوژِہ کتھہ کران ترٕ قادِر
صاٗب کرِتھ آو دِوان۔ یہ دُپرِہ ترٕ محلہ چہ بٹنہٕ آسہ قادرن ناو ہیٚتھ
شُرِیٚن ژھوبہ کرناوان۔
یلہٕ سلہٕ کُنُوی زوٚن آشمہِ پوٚشن ترٕ تموٚ کوٚر پننہٕ زنانہٕ آوٚ۔ اکہِ
بدلہٕ ژایہٕ زِہ زنانہٕ اندر۔ دوہ شوٚسے لیچھٕ آشمہِ لمہٕ لم کرنہٕ۔ آشمہ آیہٕ کمرس
منز لیتھونہٕ۔ مگر کمرہ نیبرٕ دراپہٕ نہٕ سلے۔ پوٚشہٕ کچھُ گابہ بیہِ یہٕ دماٗلی دِچھِت
سٹلے توٚہی رُوزِو ساری پتھہ۔ "تمہِ دیُت دوری حکُم۔ ترآوِیوٚن
یلہٕ۔ " تموٚ ترآو سو یلہٕ۔ آشمہِ اوس بتھہٕ زِلنہٕ آمُت۔ سلہٕ ترٕ تسنز
زنانہ ترٕ بیاکھ وانچ زنانہٕ کھوژِہ، تمہِ بچہ بیٚہ ہنا پتھہ کُن زِہ پوٚشہِ کچھہِ

سیٖتھ گوڑھنہٕ ووٚل لگن۔ آشمہٕ وُڑھ دَدان وَدان تھوٚو۔ لیتھوٚنہٕ سیٖتھ اُسولتس پلو گردہٕ بھرنہٕ آمِتھ۔ تمہٕ دِیُت گوڈہٕ مستس فش۔ پتہٕ درٕن پلو ژنجہ زہ ژور لاٗیتھ۔

"ہا پیوٚکھہٕ وُستھ۔" پلون کنؠ وُچھِت بیٖٹھ سوٗ شُلس ووہہٕ۔ شُلس کھُرژ ژکھ۔ سُہ نیچھے یِوتس مارنہٕ۔ دوٚیو زنانو کرٕس نزہ تھپ۔

"ہتا ترٲون۔" اکھ اڈوٚر زنانہٕ وُڑھ شُلس کنؠ۔ "یمہٕ چھوٚی ذی کرِتھ یہٕ وَردن لوگمُت۔ یہٕ کوٚرتھس خراب۔ وونی کُس پرٕژھیس وونی کُس مانِیس —"

"ژٕ یہٕ کیا زِہ ووٚتھوٗی تٔرٕ۔" اشمہٕ دِیُت یہٕ ونان ونان کھور بانہٕ کھوٚہ اکھ ٹاکچس بیٚنٹھ بھرِتھ۔ یہٕ آسہٕ سہے کاٗنسہٕ خریدارسٕنز۔

تھاو تھاو۔ اسہٕ منہٕ ہا وُک پینٛز یار، اُسو زانوکھ۔ "شُلنہٕ زنانہٕ وُڑھ نٔرِیٚن ڈیکار کران۔

"ژٕ یہٕ چھی ناسمکھے مِتہٕ —" اشمنہٕ یہٕ کتھ بوٗزِتھ ژھن تماشہٕ گیر واشن یِم دروازہٕ کنہٕ تہٕ دارِہ کنہٕ وُچھان اٲسی۔ یوٚنشہٕ کُجہ ترٕ آیوٚ واشن۔ مگر اَندرٕ ی روٚٹن۔

"ڈرِ ڈرِ مہ کر، یہ کڈتے ملہ زیو۔" شکرِ وۄنتھ زنانہِ ہندِ طرفہ ژرِ چھیہ خبر ژلن پیٹھ سہلی۔ یکان آسی قادرہ۔ پوس والی۔"

"میانہِ کھلرِ۔ گڑھ پانس۔" آشمہِ دِیُس سوالس جواب۔ شکرِ گوو کوہ پیترِ۔ پوشہِ کجِ اُس زانان نہِ شکن دۄنس نہِ اَیہِ کینہہ تہِ۔ قادرہ ژھنیس نیو لوی کھینتھ۔ اۄتام اوس آشمہِ ہنٛد میٹس بینٛڈ نل نکھ دگان۔ از تراوِیس نہِ زِندہ۔ پوشہِ کجہ گوو ذرہ ذرہ۔ تمہِ دۄنس:

"یہِ ہےَ چھوی پۄز ونان۔ گڑھ یۄتانہِ قادرس شرارت ہمہِ، تۄتانہِ بیہہ دِیو ہی نِش۔"

آشمہِ تل کلہ تھوو تہِ سوہ لجِ پوشہِ کجہِ ونہِ:

"یہ نیرہِ نہِ ییترِ۔ اگر بیہ ترِ کڈِتھ ژھینم، تو ترِ نیرہ نہ۔ پینٛٹھ گڑھا یہ بیہ یمن تاون زد وآتلن ہند گھرہ۔"

"اَدہ کوت گڑھک۔" پوشہِ کجِ لجِس حیرانی سان پرژھنہِ۔ آشمہِ اُسی یہ اُشو گنڈہِ ہی یوان۔ تمہِ وۄنس آرہ گڑ آوازہ منز۔

"تۄہی دِیو نا میہ تۄتامت کوچہ منز جاے۔"

پوشہِ کجہ کھرڈ داریج بۄٹھ۔ تمہِ دۄنس۔ اَدہ کیاہ۔ اَدہ کیاہ۔

کینہہ پرواے چھُنہٕ۔"

تیلہِ بیہٕزِ یِوٚ توٚہی وارٕ پاٚٹھۍ۔ اَشمِز کتھ بوٗزِتھ دڑاپہ پوٚشرٕ گژھ کمرِہ منز نیبر۔ کیٚنہہ ٹھکہ نیہِ تمہِ تہٕ کھرٕش کاٚنی پیٚٹھ۔ تَس اَس جلدی تہٕ کیازِ تس اوس ترٛان ناتھ وُنہٕ نیبرٕی۔ بازرس منز آسہٕ وُنہٕ تہٕ وارِیاہ منڈہِ سوٗبرٕ گوٗبرٕ کران۔ وُچھان وُچھان گوٚو تیوٗت شور، زن اوس نار لوٚگمُت۔ پوٚشرٕ گژھ کوٚڈ سورٕوی پان وارٕ کیٚنہ۔ اورٕ اوس قاٚدرٕ پکان۔ زن اوس تس کانہہ پکہٕ ناوان۔ پکان پکان اُسی تس گیرٕ بچہ گژھان۔ سڑکہِ ہنٛدیٚن بجلی کوٚٹیٚن کرٕ ی تمہٕ کیتیاہ نالٕہمتہٕ۔ ٹکھ رگ اسان اسان دَب دِنہٕ۔ دروازس تل واٚتِتھ دِژ تمہٕ ہور یور نظر تہٕ کوٚرن اڈلیچہٕ زباٚنۍ منز باٚلیس آلو:

"ہیاسلا۔ یہِ کشو کھاندر۔ "تس دیُت نہٕ کاٚنسہِ جواب۔ تمن کوٚڈ نہٕ ژرٕ تہٕ۔ سہٕ اوس دانہٕ کُٹھس منز ژوٚرہِ بہتھ۔ قاٚدرَن دروازس نش اوس نہٕ دوٚن اکھ واتُل تہٕ رُود مُت۔ تِم اُسی پیٚنین پیٚنین درواز پیٚٹھ اِستادٕ۔ قاٚدرَن دروازس دُچھنی کھووٚری اُسرامٕ محلکو تہٕ بازرٕ پکہٕ وِنۍ وارِیاہ نفر۔ تِموَ ترٛاوٕ قاٚدرَس کھوٗژی کھوٗژی جاے

قادِرٕ ژاد اندرٕ اَکِس لحظس گیہٕ ساڑسی بازرس ژھوٚپہٕ۔ قادِر دٕراو
دروازس پێٹھٕ واپس۔ زن آسہٕ تس بھتہٕ چێنیدرٕ باگرٕنہٕ۔ ساری لگٕ
تس کُن مُدرے گنڈِتھ وُچھنہٕ۔

"تٕہ ہیٚہ کینٛہہ گژھِتھ وٕہ یاوٕ۔ ییٚرِو گھرن پێنین نار دِنہٕ۔" قادرن کیجہ
لینکہ زٕہ ژور تہٕ۔ بازرس منز لجٕ سارنٕی چھِگ۔ بمُن دژسہٕ ہیوٚ دِوان
ژاوسہٕ بێہٕ اندر۔

"کوٚڈ تھِتے یکھن واش۔ آیہٕ کھٕے جێنہٕ ہیتی اُٹ کرِتھ۔"

قادرٕنہٕ کرٕنکہ بوزٕ ہیٚرِ پوٚشہٕ کھچہٕ تہٕ۔ پتہٕ گوو دوٚہ پھ۔ بێاکھ دوٚہ پھ۔
قادرن کوٚر آشمہٕ لتہٕ کریم۔ اشمہٕ ژھج چکہ نیرِتھ۔ عام تہٕ خام گوو بێہٕ جمع
داتھ تہٕ داتجہٕ ژاپہٕ رٕڑ رٕھ کرنہٕ۔ اُندرٕ میلہٕ فینکین ہیتی فیکو۔ کرٕنکہ، شور
لینکہ، زارٕ پارٕ ، رڑ رٕڑھ، مار، وٕدن — واریاہن آوازن گیہٕ
گیڈی۔ قادرن تُل لوٚنگرٕ اَتھس کینتھ۔

"خبردار — تمۍ دِژھ کرٕنکہ۔ تس اوس پراژو کنو پوٚس وسان۔" نیری
ییٚتہٕ۔" تمۍ دوٚن لوٚنگرٕ گوان۔

بوٚ چھِتے وٕنان نیر ییٚرِ۔ بوٚ ہیکہ ژٕنہٕ رٕدس تہٕ زِندٕ گوزِتھ۔ نیری

وُنِہ چھکھےٚ تٕرہ وُچھانی۔ تمہِ دوہ یہ وۄٚن سےٚ اُکھتھ، ازٕ چھےٚ ونان پٕزی

پاٹھۍ۔ نیر۔ نیری! "

آشمہِ دٕرایہِ اوٚش ووتھران کمرہ منزہ نیبر۔ تس آسہ نُھتھس نارہ

چھاٹز یِزان۔ تس پتہ پتہ درایہِ ساری واتل تہ واتجہ۔ قادرن تُل اکھ زچہ

بوٚکھ تہ یہِ دِتُن دارِہ کِنہ بھرِتھ۔ "گرٛدھ یہ وائج نِزہ سیتی۔" دارِہ

کِنہ تھوٚک تہ اوِتھ تھاوی تمہٕ دروازس تہ دارِہ اندری کِنہ ہانکل۔

ہیرِہ کِنہ اُس پوشہ کجہ آشمہِ نظری۔ بیٚین دارِن پیٹھ تہ آسہ

زنانہٕ کینہہ مرد آشمن تماشہِ وُچھان۔

آشمن ترٛو تُھکھی نالہٕ، ہیوٗر بہن سرکہِ نِشہ وتھرِن۔ زچہ زہ ژور

واہرادِن تلہٕ تہ پلو اکھ دِتُن شانٛد۔ دِچھِن کھوری یم تس وُچھان

اُسی، تم گیہِ اکھ اکِس پتہ چھوٚنٛزی بور، ہیٚتھ گرٕ کُن۔ پرٛیتھ کانٛہہ زن

ادس کورِہ ماٗلہِ پسندی پاٹھۍ کورہ رُخصت کرِتھ گرٕ ژٕران۔ سرکہِ بیٚنہِ

طرفہ گیہِ مکانن منزہ دارِہ تہ بند۔ پوشہ کجہ اُس وُنہ دارِہ پیٹھ نوٚشہِ ہُند

تہ نیٚچوِہ سُند سونچان۔ تمہِ کوٚر منہٕ منزی فیصلہ۔ اَدہ نیٚچوٕ سُلہِ پیٚمہ یا ژیری

تمی ونزہ دپس، گرٛدھ باٹکی آنٛہ، زنانہٕ بالنہٕ پینٛٹھ۔ یہِ چھیٚنہٕ جان گرٛدھان،

اَخر سوٗ تے اِنسانی چھ۔ یپاری اوس قاۤدرہ اتھ گٹہِ منز طاقچین
ساران۔ تمہٕ واٗج طاقچہ پیٹھہ سارن۔ دار مژراوِتھ بیوٗٹھ سہ سارن
وایہِ نہٕ۔
" بوہ نہٕ دوٗریر چون زرٕے بال مرٕے یو۔ " پوشہِ کچہِ ووٚنس منہ
منزی ہا اڈہ دیدہِ سوکتھ ییہِ نیٚندر۔ زن اُسی سارنہِ ترٕ آشمہِ ہندی پاٹھو
نل نکھہ ووکان۔ قاۤدرس اُس نہٕ سارن از وایہِ نی تگان۔ تس آسہ اوٚنگجہ
زن کھچہ مژہ۔ ہاروٚن کیٚن کوہن ہند سوٚت سوٚت واو اوس پریٚتھ جایہ
موٚ دِر نیٚندرِ ہیٚتھ دوان تہٕ دوران۔ قاۤدرن دِژ [سارن] اوٚک طرف بھرِتھ۔ تس
باسیہِ بدنس ییر۔ زن اوس سہ کانہہ پلوسان ددیٚتس تایہِ منز پھاڑ
نوومُت۔ دِلنجہِ پیٹھ واجِن کپر ژادر، یہے وجِن سارسی پانس تہٕ
پتھے کنہ دِژن دارہ کنہ نظر۔ آشمہِ اُس وُرنہ ورایی دہ شوٚنگتھ۔ تس
اوس شلوار کوٚٹین تام کھوٚتمُت۔ قاۤدرس لوٚگ اندرہ تلہ تلین ہیو۔
دیچھن کھوور دچھنہ پتہٕ دژاو سہ کپر ژادر دلیتی دارہ کنہ نیبر۔ داتلن
ہندی ساری دارہ حجرہ اُسی بند۔ کانسہ کانہہ اُس دار یلے۔ اندرہ
اُسی بڈہ بڈہ کھرٕ دکھ گژھان۔ قاۤدرن دِژ سڑکہِ اپور محلہ چھین سارنی

لَرِیٚن کُن نظر تہٕ ادر یور وُنٛی دِوان ترٲو تِمہٕ جل جل آشمہٕ پیٚٹھ کیر ژادر۔ سیتی ژاو پانہٕ تہٕ تس نِشِ کھو کھٔت موکھٔت کرِتھ۔ آشمہٕ کوٗڈنہٕ شاہ تہٕ۔ پوٚشہِ کٕجہٕ اُس انہٕ گٔٹس منز دَم دارہِ پیٚٹھ سورَوی کینہہ وُچھان۔ تِمہٕ کرٕ اسہٕ وُنی ژاس۔ قادرس گیہٕ گمہٕ ژھٹ پھیرِتھ' زن تہٕ ژوٗرہ ہانٛژہ رٹنہٕ آو۔ تِمَو ہیٚژھ دوٚہ شوٗسے باژَو کلہٕ نلہٕ کیر ژادر۔

تامت گوٚد پوٚشہِ کٕجہٕ ہندس وُزہ بَرس ٹُھک۔ پوٚشہِ کٕجہٕ گیہٕ تھوٚد وُتِھتھ۔ مو چھہٕ زہ وُٹھِتھ نیٚن کَنی ٹکھ بوٚن کُن۔ لانٛژہ مینان وُژھ سوہیرن۔ صحی کوٗرن زِہ پرآن ناتھ سوزن ییتھے کنٛہ دروازہ پیٚٹھے نوٚشہِ نِشس۔ گژھن کوتاہ وُور چھس۔ مِیل اوٚڈ مِیل!"

دروازہٕ مُژرِتھ پیٚہٕ پوٚشہِ کٕجہٕ اُسمانہٕ۔ تس گنٛڈن ہیٚرہِ بوٚنہٕ رِیہہ۔ آمژ کھتھ گیٚس پتہٕ۔ پرآن ناتھ اوسنہٕ کُنٛہی زوٚن' سہٕ اوس زنانہٕ ہیٚتھ آمُت ٭

# شروٗک

راتہٕ پٮ۪ٹھہٕ ادس میٔہ سورٗدی، ہسپتال کھینٕہٕ پوان۔ زن آسہ لبہ
تام میانٮ۪ بارَو دِوان۔ دایہٕ ہنٕز کتھ رٗوز میٔہ راٮ۪تی راتس مٮ۪نگہ کورٗان
یہٕ کاٗژاہ وٗلیٹہ کتھ اُس۔ یہٕ کتھ بوٗزِتھ وۄزلیہٕ میٔہ کنہٕ فیژہ تانی۔ یہے
کتھ اُس زہٕ یوٗ اُسس وۄنی ہسپتالہٕ منزہ ژلُن یژھان۔ امہٕ کنہٕ
نہٕ زہٕ میٔہ ادس نہٕ علاج واتان۔ میٔہ اُسی نہٕ ہسپتالکی مُلازم چھینہٕ تہٕ
موہرہ چھلہ کران۔ یوٗ کیاہ وَنہٕ میٔہ کاٗژاہ خدمت اُس واتان۔ ادہٕ رات
توٗر میٔہ فکرہ نہٕ زہٕ امہٕ خدمتک مطلب کیاہ ادس۔ دایہٕ تہٕ نٕرٗسہ کیازِ آسہ آرٕ
میٔہ بتھ کن اتھ داران۔ میٔہ کتھ پٮ۪ٹھہٕ ادس یوٗت للہٕ موہتہٕ لاے کرنہٕ

پیوان۔ میٚہ کیاژٕ اوس ہسپتالک انچارج ڈاکٹر محی الدین یوٗت مہربان۔
میانِس واڈس منٛز آسہٕ بیٚیہ کینٛہہ بیٚمار زنانہٕ تہِ۔ اما پوٚز تِمن اوس نہٕ
کانٛہہ سیٚکھ تہٕ ژھٕنان۔ یِہ چھےٚ پوٚز زِ دوٚد، ڈھوٗل، ڈبل ژوٚٹ، تکھنیٚ،
انجکشن تہٕ وِٹامن پلہٕ آسہٕ تِمن تہِ میلان۔ مگر میانہِ خاطرٕ اوس اہتمام
زیادٕے سپدان۔ میٚہ اوس ہفتس منٛز دوٚیہِ ترٕیہِ پھیرٕ نجر کمیوٚک شوربہٕ
تہِ دِنہٕ یِوان۔ دوٚیمہِ ترٕیمہِ دوہہ پٔلو بدلاونہٕ یِوان۔ دایہِ آسہٕ میٚہ پۄ ییٚتھ
عشُمن مُتھ چھلان، مس مۄژران، مس چھلان۔ زنتہٕ میٚہ اوس پۄ ییٚتھ دوٚیہِ
دٔلیہِ گوٚن آسان۔ کسر اُس یٔژی زِ اُکھن اُسم نہٕ مٲنز لاگان۔

ڈاکٹر محی الدین اوس دوہس منٛز ژوٚرِ پھیرٕ میانِس واڈس
منٛز دایِن تہٕ نرسن میٚون حال پرٛژھان۔ میٚہ اوس کنہٕ پھیرٕ پانہٕ دوا
چیاوان۔ نتہٕ پانہٕ انجکشن کران۔ یلہٕ گوڈنکہ دوہہ میٚہ اَکی کمپونڈرن انجکشن
کوٚر، میٚہ ہینٛیاسہِ سارٕی نرٕ۔ یُت زِ ڈاکٹر محی الدین گوو ناروناری۔ تمہِ کرٕ
نوو پانس بروٚنہہ کنہٕ میانہِ نرِ ٹھکونرٕ۔ اکہِ دوہہ اوس نہٕ ہسپتالس منٛز
اکھ انجکشن موجود۔ یہِ اوس بیٚیہ اَکی ڈاکٹرن میانہِ خاطرٕ تجویز کوٚرمت۔۔
ڈاکٹر محی الدین گڈٕ پننہِ چندہ منٛزٕ پٲنسہٕ تہٕ بازرٕ انہِ نوٚون تمی وِزہِ

۱۳۔ انجکشن۔

تمہٕ ٹھوٗد سوٗرٕوی ہسپتال اِستادٕہ۔ سارِنٕی کمپونڈرن کرٕن سٕبے عزتی۔ زن اوسس کُستامت دیُومتیوٗمت!

"تو ہِیہ کونہٕ دوٗلوہ میٔہ برو نہٕ نہ زِہ یہِ انجکشن چھُنہٕ سٹاکس منز موٗجود۔" شاید آسہِ ہے یِہ کتھ تمہٕ لچھہٕ پھیرہٕ کمپونڈرن تہٕ بیٚین ڈاکٹرن پرٛژھمژ۔ بیٚیہ زٕہ ڈاکٹر تہِ آسی امہِ وِزہ موٗجود۔ تمن پھورلیٚ نہٕ اُن تہِ۔ تم اُسی نظرہ بوٗن کٔرِتھ تھاوِتھ ژٕورہِ ژٕورہِ میٔہ کُن وُچھان، زن اُسکھ تِم ساٗرِی ژٕوٗرہٕ ہانٕژہٕ ژٕمٹتہٕ۔ میٔہ گوٚو کیاہ تامت تمن کُن وُچھنہٕ۔ میٔہ کرٕ پاُنٕی پانس سیٹھاہ دوٗہ وٗہ۔ یہٕ نٔے لوٗر لگہٕ ہا، یِمن بچارٕین کیاہ پیٚیہ ہے یِژھ بیٚوارٕی۔

انجکشن کرنہٕ پتہٕ ژٕوٗزس یہٕ واریاہس کالس سوٗنچان زِہ ڈاکٹر محی الدینس کوتاہ خیال چھُ میوٚن!

ڈاکٹر محی الدینٕنٕز عُمر آسہِ ہے میانِس ہیٚہرِس لالہ صابس موٗب۔ تِمہِ تہِ زیادٕہ، کم نہٕ کینٛہہ۔ اما پوٚز سانِس لالہ صابن تہٕ ڈاکٹر محی الدینس کاُژاہ فرق چھُہ۔

ہسپتالکۍ مُلازِم چھِنہٕ اَپزٕ کینٛہہ وَنان۔ ڈاکٹر محی الدین چھُہ پزٕ ی
پاٹھۍ دِیوتا! مگر رات یہِ سہٕ کیٚہہ امہِ دٲیہِ وُذۍ سۅ بوزِتھ پیوٚ میٚہ
پُتیمُ سورُوی کینٛہہ یاد۔ ڈاکٹر محی الدین اوس نہٕ ہُنٛدٕ مُنٛدٕ میٚہ پیٚنٛٹھ لوٚت
مہرِبان کینٛہہ تہٕ۔ میٚہ کتہٕ اُس خبر زٕہ اُمِس شیشُر وٲہرِس بُرٛیٹھِس چھُہ
کوٚڈر ہیتھو خراب۔ بہٕ لِجُس رٲتی راتس سوچنہٕ۔ اتہٕ کینٛہ کوتاہ خوش
چھُہ کران۔ اُمی سُند اَتھ، اُمی سِنزٕ کتھہٕ، اُمی سُندی سفید شین
ہی گگرٕ ونٛد۔ زِن چھُہ نابد فِکۍ۔ مگر رات شامَن یلہِ سہٕ میٚہ نبض وُچھنہٕ
خاطرٕ میٲنِس بسترس پیٚنٛٹھ بیوٚٹھ، مت گوم زٕہ ہسپتالکِ سٹرنزٕ سیتی
ژھنہٕ بہٕ اُمِس یِم نابد فِکۍ اکِہ اکِہ نیٚبر کڈِتھ۔ اُمی کیاہ زانِنس بہٕ یا
میٚہ چھِہ نوٚزُک بیمٲری اگادِہ گامُت یا یہٕ میٚہ چھُنہٕ گھریک کانٛہہ شیچھو خبر
پرٕژھنہٕ یِوان۔ توٚسے مازانِنس بہٕ اُمی یہِ یے لِجِس ہش۔

میٚہ پھیرٕ سورُوی پان ہیٚس طرفس کُن۔ بہٕ اٲسس نہٕ وُوہ نٕی
اُمی سُند نُتھ تہٕ وُچھِن پڑھان۔ اللہ منز چھُنہٕ کانٛہہ شک زٕہ رات کرِہ
تمۍ یانہٕ تہٕ میٚہ سیتی سیٹھاہ کم کتھہٕ تمِس اوس شیو تہٕ کرِہ نے۔ اوٚسے
آسہِ تمۍ سِنزٕ کرٛینہٕ چشمہٕ زیادٕ سے کرٛینٛہیمزٕ۔ ہتس کتھس دِتِس میٚہ

کنٛزٕنی جواب۔ سہٕ ترٕ نٕ زیٛوِ سیٹھی کینٛہہ۔ میٛہ ہیٛژھ زیادہ کلس کاٗم۔ میٛہ زون زٕہ اُمِس چھُ کِہ تانٛی دایہِ وٕنٛمُت زِہ میٛہ چھُ واپس گھرٕ گژھنُک فیصلہ کورمُت۔ ترٕ کیازِہ یلہٕ میٛہ دٕچھنِ پیتر سٕہ بییس بیمارس دٕچھنِ لوگ، تَس زن اَسو اَشٕ گنڈٕ یوان۔ ییتھٕ کنٕ تھوکمُت گرٕ زیٹھو زیٹھو شاہ چھُ تراوان، تِتھے کنٕ ترأوی تمٕ واریاہ ووٚش، تہٕ میٛہ کُن دٕچھنِ ورأیی دراو واڈٕہ منزٕ نیبر۔ پیتر آیہ نرٕس، تمِ بدلوو میٛون دوا۔ میٛہ اوس صرف اَکھ دَوا خوراک چومُت۔ باقی اوس سورُے موجود۔ نرٕسہِ تروٕ دیمےٛ تھی سورُی دَوا تھوکرِ چلیچی منزٕ۔ تمِ پیترٕ اوٚن تمِ اَکھ بوتلِ کینٛتھ بدلہٕ دوا۔ میٛہ دوٚپ دٕلس زِہ میٛہ چھُنہٕ دوٚنی دَوا کینٛہہ چوٚن؛ مگر میٛہ ہیوٚک نٕ دٕنِتھ۔ ترٕ کیازِہ میٛہ اَس یہ نرٕس سیٹھاہ ٹاٹھ۔ یہٕ اَسس نٕ اُمِس رعبہٕ یوان۔ تمِ دِیُت بوتلِ دارہ چھوک ہیوٚ۔ ترٕ اَکھ دَوا خوراک بھرِن پیالس اندر۔ میٛہ اَس سارِی نفرت گاٹٕھ۔ میٛہ گیِہ امِہ دوا ہیچ ترٕ لفرت۔ اما پوٚز یہٕ کرُنس نرٕسہِ مجبوٗر۔ اُمہ منزٕ کنٕ کنتھ "نہٕ" ونس اوس نٕ میٛہ وار۔ یہ اَس میٛہ زن لوکہٕ چارج دِلیس۔ میٛہ اَس نٕ ٹینژ کانہہ کنتھ اُمِس نِش ژُورہ تھاوٕ مژ ترٕ اَمِہ اَس نٕ پینژ کانٛہہ کنتھ

میٚنہٕ وننہٕ ورأیہِ تراو مژ۔ اُمِس اُس گرا صُبحن ڈیوٹی آسان، گرا شامن۔
پرنیتھ کانہہ دراے اُس میٚنہٕ پیٹھ شکایت کران زِ بوٚ کیازِ چھس نہٕ
تمن سیٚتۍ تیتھ کنۍ حمیدس پاٹھۍ رلان میلان۔ بوٚ کیازِ چھس نہٕ تمن پننِس
ستس کنگو دِنہٕ دِوان۔ بوٚ چھس حمیدس ژھاران۔

یَنہٕ چھُ یہِ زِ حمیدس چھُنہٕ یہِ کأم زِمہٕ کینہہ تہٕ زِ سو گژھہ بٔیارن
مس تہٕ پاپرنۍ۔ یہِ کأم چھےٚ دراین ہنز۔ بوٚ اُسس نہٕ دراین ستس اتھہ تہٕ
لاگنہٕ دِوان۔ خُدا زانہٕ اُہنزٕ اتھہ کتھ کتھ چھےٚ لگمتۍ۔ حمیدہ نیوٚ زاوِلیوٚ اتھو
اوس میٚنہٕ کنگو کرناوِنس منز بڈٕ مزٕ لگان۔ خاص کرِتھ تمۍ سنزن کتھن۔
سو اُس میون مس پاران لمہٕ کتھہٕ ونان۔ گرا اُسس منز میانِس ستس
سیٚتۍ اکھت وٕٹھ لاگان۔

" ژِ نیٚ کیاہ رودوی، میلہٕ چیز گژھہ نہٕ وٕٹھن لاگن ____ ؟ " بہٕ تہٕ اُسس
اکھت تمِس نصیحتھ کران۔ سو اُس گوڈٕ گوڈٕ انکار کران۔ " یہِ ہسا آسہ نی
الہٕ گاپہٕ لوگمُت ! "

اماپوز اکہِ دۄہہ وۄن میٚنہٕ تمہٕ دأرِنج مژراوِتھ :

" ژِ نیٚ کیاہ چھُوی پتاہ ؟ " تمہٕ ٹھوو کنگو دندن منز تہٕ بیٹھ مینہٕ لٹھ پارنہٕ۔

لھٹر پاران یاران وۆن میٚہ تمہٕ : چھک سٕہ بوزان ! " زن تمِس
ادس کانٛہہ راز باوُن۔

"ژانہٕ اکِہ مِسں والِہ سیتو ہیٚکہِ کانٛہہ ترِ گژھِتھ منز رات کیٚتھ سارِسے
شہرس پھیرِتھ۔ "

سو اُس میٚہ بیٚہِ ترِ خبر کیاہ وَنان۔ بہٕ اُسُس منزٕ چھان۔ امہٕ
وِزِہ اوس میٚہ نیٚن پان مُشِت گژھان۔ ژ اِس مُشِت گژھان۔ سٕہ آمہٕ تاد
مُشِت گژھانٛ یمہٕ میٚہ وَچھس اَندرٕی اَندرٕی سۆر اوس کوٚرمُت۔

دایہِ ہنز کتھ بوزِتھ پیٚہِ میٚہ رات رات کیٚتھ حمیدہ نہٕ تمہٕ سارِسے
کتھ یاد۔ بہٕ ترِ اُسُس وَنان ڈاکٹر صاحب کیازِ چھُ میٚہ صاف روزنک
مشورٕہ دِوان۔ سٕہ اوس دایَن لیکھی ہیٚوان زِ میٚہ گژھن نم کاسنہٕ
مَس چھیلن تہٕ نٔو بدلنہٕ۔

اکِہ دۄہہ اُس حمیدن چھُٹی ہیٚتھ ہژ۔ میٚہ اوس نہٕ امہٕ دۄہہ مَس کینہہ
ترِ چھوٚلمُت۔ نہٕ اوسُم کنگوُ دِتمُت۔ ڈاکٹر محی الدین ژاو میانِس وارڈس
اندر۔ گوڈنیتھ آو میٚہ نِش۔ ترِ کیازِ دروازِ آژہ وُنِوی اوس میوٚن
بستر۔ میٚہ سیتی کتھ باتھ کرنہٕ وراَے یلہِ تمی بیٚین زنانہ بیمارن ہند مُلاحظہ

کوٚر، میہٕ باسیوٚ دٕچھنہٕ اُچھو فوران۔

تمہٕ کوٚر اُکِس دایہِ آلو۔ اُمِسی دایہِ یِمہٕ رات شامن ڈاکٹر محی الدینٕنہِ صورت تہٕ سیرت اَنہٕ ہیٹکہٕ پاٹھو میہٕ بروٚنہہ کنہٕ تھاوٕ۔

ڈاکٹر محی الدین اوس مُلازِمن پیٹھٕ خٲلی کنہٕ وِزِہ ناراض گژھان۔ اما پوٚز انہٕ ہیوٚک نہٕ تمہٕ پٔنُن ملالہ ژوٚرِہ تھاوِتھ۔ سہٕ بوزِتھ خبر کیاہ کیاہ دایہِ وننہِ باسان اوس زِہ سہٕ چھہٕ لتس بیوٚاَری کران۔ سأری بیمار لگو صرف میانِس بسترس کُن دٕچھنہٕ۔ بہٕ ووٚزلییس تہٕ ووٚشلییس یلہِ میہٕ بوٚز داے اُمس ڈاکٹر صأبس ونان:

"جناب پہٕ چھا سون مانان۔ اُمِس گژِھ حمیدا جی آسنہٕ۔"

یہٕ بوٚزِتھ ہیوٚکنہٕ میہٕ کأنسِہ بیمارس کُن دٕچھِت۔ میہٕ ہیٚژھ کلہٕ نٕزٕ کپر ژادر۔

کپر ژادرِہ اندر کلہٕ اأسِتھ تہٕ اوس میہٕ باسان زن ڈاکٹر محی الدین نہٕ سیاہ چشمہٕ آسہ تھلِہ تھلِہ میہٕ کُن وُچھان۔ میہٕ چھنہٕ یاد، میہٕ کیازہ پییہِ آمی وِزِہ نیٚندرٕ۔ الاتھ نیٚندرِہ اوس تیوٚت مزہ زِہ زِٲ دَداغو راک دٕوٚدی میہٕ چھنیٚ۔

اما پۆز راتھ رات پیٚتہٕ میٚہ پٮ۪ٹھ۔ بہٕ ہیٚچس نہٕ اُچھ پٮ۪ٹھ اُچھ تھاوِتھ۔ اُچھ وُٹِتھ اُسی میٚہ سیٚنٹھاہ وُلِٹہٕ خیال پریشان کران۔ بہٕ رُوزُس راتھ راتس اتھ گٔرِس منز اُچھ واہرٲوِتھ۔ تِہ پتہٕ تہٕ خبر کیاہ کیاہ سونچان۔ بہٕ اُسُس دپان زِ بہٕ کیازِ آیس یتھ ہسپتالس منز۔ بہٕ اُسُس زن تھچمُت۔ زن اُسُس کانٛسہِ شنکر آچاریہ پٮ۪ٹھہ بُرِتھ دِژمُت۔ راتس کُھتہٕ میٚہ واریاہ پھیرِ تیر۔ بہٕ لجُس واریاہ کینٛہہ سونچنہٕ۔ میٚہ تہٕ دوٚپ زِ بٲلی ہُند مول کیازِ چھُنہٕ یارِ نظری دِوان۔ دیٚوہ تمُے تہٕ آسہِ بوٗزمُت۔ داسے اُس وُنان زِ یہِ کتھ چھےٚ نٲٹِن پیٚٹھ۔ بہٕ اُسُس یُنی سادہ گی منز زانان زِ لُکس آسہِ کام ہیمُژ۔ نتہٕ آسہِ کُن گام ڈیوٗٹی لوٚگمُت۔ ہیٚہرس تہٕ ہاشہِ کو سرچیٚٹ آیہ پہٕ بُنیتھ زِ تم تھاوِن تمِس نو شہٕ ہُند خیال۔ یس اکھ زٕ اُوِیل دود اگادِ اوین گومُت۔ یہ سہٕ تہندی کینٛہہ مرنہٕ سرٲسُس۔

مگر میٚہ اوسنہٕ مرُن۔ بہٕ رُوزُس راتھ راتس سونچان زِ میٚہ چھُ زِندہ روزُن تہٕ زِندہ رُوزِتھ مرنہٕ خاطرہ ہوشُن۔ باقُن ہُند بُتھ وُچھنہٕ خاطرہ ہوشُن تہٕ اکھ سہٕ تماشہٕ وُچھُن یمہٕ کینٛہہ پریتھ کانہہ میٚہ دُرہ دُرہ کرہ۔

بہٕ کاژاہ چاٗر تہٕ فیاٗر چھس۔ میٚہ توٚگ نہٕ ازتانی یہِ زانُن زِ ہسپتالک

ہسپتال کتھ پیٹھ چھہٕ مێانہِ خاطرٕ دوٚدنی آسان۔

مێہ اوٚسو ساریٖ پرٛژھان نہٕ ژریٖ کیاہ چھوٚوی خانہٕ دار کران۔ سہٕ کوٚنہٕ چھہٕ یور یِوان۔ سہٕ کیازِ آوازنام اکی دوہ یہِ پھیرٕ۔ تس چھا چاٚنِز ماسے مُتِت گامژ۔ تس چھا چاٚنز پوٚرٕ پاٚٹھو تسلا گامتٕ۔ ژریٖ کتہِ چھیٖ شرتٕ، ژریٖ کتہِ چھےٚ بلیٖ؟ ژریٖ کیازِ چھوٚوی نہٕ کانہہ بلیٖ یور انان۔ ژریٖ ہیٚکہِ ہی ناہش ترٕ ٹیٚہرٕ گھرٕ سیٖی منز علاج کرٕ ناوِتھ؟

مێہ آیہِ ژاٚو واتس یم ساری سوال دوٚبارٕ دِماغس منز۔ زن آسہ لُچھ بزٕ مچھہ کنس تل "گیٖں گیٖں" کران۔ "ژریٖ کونہٕ چھوٚوی ژودن یور یِوان۔ ژریٖ چھوٚوی ناپانس ترٕ گھرٕ ٹیک ژول یِوان؟"

یِوان کیازِ اوسُم نہٕ! مگر بہٕ کتہٕ اوٚسس یتھ حالتس منز گھرٕ گژھنہٕ لایق۔ ہشہٕ میہرس گژھہ نہ شُو آسنہٕ پوٚہل ہش۔ یہ سہٕ دانس لگہِ، گھرس داتہِ۔ یہ سہٕ ہشہِ شاہ پھیوٚر کرنک موقعہ دِیہِ۔ یہ سہٕ ہیٚرٕ بوٚ ساٚری لٔ لوِتھ دالہِ ترٕ ڈوٚوِتھ ہیٚکہِ۔ یہ سہٕ ہشہٕ ہنز حکومت مانہِ ترٕ کلہٕ نوٚمراوِتھ کام کرٕ۔ توٚتامت کام کرہِ یوٚتامت نہٕ تس کانہہ زاوِج کسر گژھہ۔

یِلہِ بہٕ یمہٕ سارِے کامہٕ اوٚسس کران تیٖلہِ ترٕ اوسُم کانہہ جکِتھ بوٚرتھ

یہِ وناں زِہ ہتے ٹھاو دوٚنٕوٕ ژٕ آسکھ ٹھیچمٕژ! ازٕ یلہٕ میٚ سوٗرٕوی پان وٕرٕنٕ تہٕ وتھرٕنٕ لوٚگمُت اوس ننٕنِس گٕرس منز کتہٕ اُس میٚ کرٕژھ کانہہ جاے رُوزمٕژ!

اما پوٚز یہِ زانہہ تہٕ کوٚرٕ میٚ رات شاہٕنِس گرہ واپس گژھنُک فیصلہٕ ہسپتالس منز اُس نہٕ دوشوٕ میانہٕ خاطرہ روزنُچ کانہہ دِکھ۔ میٚ آسہٕ لبہٕ زِن لاینہٕ پِوان۔ پرتھ کانہہ بیمار زنانہٕ زِن اُس میٚ کُن تلُٹارِہ وُچھت بنِس کُن وِنان:

"چھکنے وُچھان۔ گاٹُو مورج ہے گاٹو مورج۔ اُمِس چھنے نہٕ پیتہٕ ہی زِہ ڈاکٹر محی الدین کتھہٕ بیٚٹھٕ چھُم یوٚت مہربان۔"

یوٚدوٚے کانہہ بیمار زنانہٕ ژاسہٕ ٹوٗنک تہٕ کرِہ ہے، میٚ اوس باسان زِن سارِنی ہُند زیوٗکھ اسِن کھنگالاہ چھ میٚ کُن دوان تہٕ دوران۔

یلہٕ صُبحن اڈہٕ فلہٕ گاشہٕ مُشیدہٕ منزہ بانگ آیہ، میٚ توٗرٕ فکرہ زِہ میٚ کیا زِہ اُس نِوہ سُرہ بنیہ پرٕ اُنٕی پاٹھی ژاس شروع گاٚمٕژ۔ ازٕ اوس میانہٕ ژاسہٕ بدلِی صدا گژھان۔ زِن اوس میانِس واڈس اندر کانہہ مُشرہٕ تیلک ٹین پکہٕ ناوان۔ یلہٕ پوٗرہ پاٹھی گاشس آو، میٚ تُل نہٕ بُتھہٕ بیٚٹھٕ وُزن تہٕ۔

ترێیہ ژدورہ پھِرِ آیہٕ اکھ دامے میٚہ وِزہ ناوِنہٕ۔ وُزِنہٕ تٔلی اَسِس بہ جواب دِوان۔ سورُوی کینہہ بوزان تہٕ وُچھان۔ بێین بیمارن ہندی پاٹھو دوت میٚہ تہٕ دو دمہ چینہٕ خاطرہ۔ میٚہ بھاوِہ نو دسہٕ تیتھے کنٛہ الاہہ منز۔ بہ اَسِس امہٕ وِزِہ تہٕ بدلی کینہہ سوران۔ بہ اَسِس بٔلی ہندس مٲلِس پڑاران۔ میٚہ اَسِس تمِس شیٚچھ سوزناوِ منز۔ میہ اوس تس اِتھے اَکِس دایہ اتھہٕ پیغام سوزمُت۔ زِ بہ چھس نہ دوہ ذٕ ہُوکے یتھ ہسپتالس منز روزِتھ یِژعان۔ ہرگاہ ژٕ میون حاجت چھُوی، میٚہ واتہٕ ناوِ گھرہ واپس، بہ مرہ پننِس کُٹھِس منز۔

" میانِس نصیبس کیاہ اوس لیکھت۔ " میٚہ اَس ڈاکٹر محی الدینن سِنٛز ژران۔ دپان اَسِس زِ اَمِس بُڈِس چھُنا یہِ ظُوٗن زِ "ہتا یہِ کیاہ چھُس بہ کران"۔ سُہ اندری سِلہٕ گومُت۔ میٚہ کیاہ چھُ رُودمُت۔ اَمِس کیاہ سنا آو میٚہ منز لبنہٕ زِ یہِ بُڈھ میٚہ سیتی مرُن مُشرِتھ عشق کرنہٕ تہٕ [illegible] یِی ہسپتالس منز تھاوُنس نہٕ تھد دِنہٕ لایق۔

شنکر آچاریہ پتہٕ کنہٕ یلہٕ سرتلِہ تال ہیوٚ سریہ بھگوان نون دراو، کلہٕ چھٔکرو منزٕ ہی ژرایہ اکھ تاپہ بکھ میانِس دادُرِس منز۔ حمیدہ آیہٕ اَمی وِزِہ

مےٚ شیچھو ہێنٛتھ زِ ہ چھن برتھا چھوی ببلی کوہ چھےٚ منز ہێنٛتھ ہیرِ کھسان۔ پےٚ بوزِتھ گو و مےٚ اُندریمُ شاہ اندر۔ تہٕ نیبرِمُ نیبرٕ۔ خبر کیازِ ہ ژُجو مےٚ گرٕ ژھٹ ہِش نیرِتھ۔ دمن دمن باسیوٚ مےٚ ہیرٕ۔ ببلی کنُ وُچھت آو مےٚ وَدُن۔ میوٚن وَدُن توٚرٕ نہٕ کاُنٛسہ فِکری۔ تہٕ کیازِ ہ اُتھو رٕسیتی آیہ مےٚ زیٛٹھ ژاسہِ لہرٕ۔ سہ کھوژ میوٚن حال وُچھِت تہٕ مےٚ وُچھِت زانہٕ دَتےٚ گیاہ زانِتھ تہٕ تِہٕ ببلی دوٚہ شوٚسے نزِ ہ تہٕ کوٚرُن مےٚ نالہٕ موٚت۔ مےٚ چھُنہٕ یادزِ ہ بوہ کیتِس کالس رُوزِس ببلی کنُ وُچھان۔ مےٚ رُود نہٕ یادِی زِ ہ ببلی ہُنٛد مول تہٕ ما چھُ تَس سیتی آمُت۔

مگر ببلی ہُنٛد مول اوس دروازس کنُ بُتھ کرِتھ چارپایہِ پیٹھ اَڈیجہ بِہِتھ۔ تمیٚ تُجہِ نہٕ مےٚ کنُ چشمہٕ تیرٕ۔

مےٚ پرٕژھ حمیدس ڈاکٹر صاب چھا آمُت۔

"آہن سہ آمُت چھُ۔" تمہِ نیہ ببلی میانہٕ کوہ چھےٚ منزہ۔ سہ پیٹھ تس ماہ کرنہٕ۔

"تہُنٛد حکمُ چھُ زِ ہ توہی ہێکیو نہٕ دُنہٕ ہسپتالہٕ منزہ نیرِتھ۔"

حمیدن کرٕ کتھ، زن دِژن مےٚ ٹھپہٕ۔

" کیاہ زِ ؟ " میٚہ وۄنُس شانہٕ پیٚٹھہ کلہٕ تھوٚو تلِتھ۔

" آدٕ کوٚت گژھک ؟ " بٔلی ہُند مول ووٚنُن میٚہ کُن شرارتہٕ سان۔ تمی ہنزٕ
اُچھوٕ آسہٕ ہُرٕ کھیمتۍ تُل ہی۔

" بہٕ گژھہ گھرٕ۔ بوہ مرٕ پننہِ گھرٕ۔ بوہ مرٕ نہٕ ہسپتالس منز۔ " میٚہ دِیُتُس
کھورٕ زِ ٹھیکرٕ اُدِتھ جواب۔ تمۍ ترٛٲوِ زِ لوٚتٕھ اُسن کھنگالہٕ۔

" گھرٕ۔ " میٚہ باسیوٚ زان یہٕ وَنان تمۍ بُڈتھوٚک تَس تہٕ لائکھ
میٚہ بتھس را۔

" ژہٕ چھکہٕ گھرٕ ژانہنہٕ لایق ؟ "

حمیدس توٚر نہٕ فکری زِ بٔلی ہُند مول کیاہ چھُ وَنان۔ تمہِ دِیُتُس آسان
آسان جواب

" نہ ہارا ، کیاہ زِ نہٕ۔ وارٕہ کارٕ گژھہ تن ٹھیک۔ گھرٕسے چھُس گژھن۔
اُسہٕ کیاہ یتہٕ کنٛدرٕ ژھُنوٚ سہٕ۔ "

ٹھیک چھُ۔ اَنتوٚی رُڈٕ توٚنس یہِ کورٕ ہِن ترٛیُتھ۔ " بٔلی ہُند مول
ووٚنُتھ حمیدس کُن۔

میٚہ کلینہِ زیٚو۔ میٚہ توٚگ نہ کینہہ تہٕ وَنُن۔ بوہ بہٕ چھُس حمیدس کُن وُچھان۔

"تِہ ہیٚکہِ نہٕ بٔنِتھ۔" حمیدَن دِیُتُس جواب۔ یہِ ییٚنہٕ تہٕ سادٕہ زُس۔ اُمِس اوس نہٕ فِکرِی تِران زِ ہ بیٚلی ہُندمول کوتاہ شِشترُو چھُہٕ بنیوٗمُت۔

"توٗہۍ یہِ ژھو ڈاکٹر محی الدینس؟" بیٚلی ہِندۍ مٲلۍ وُچھہ میٚہ کُن۔ میٚہ یاسیوٗ نارٕہ تیٚنگلن پیٚنٛٹھ پان۔ نہٕ چھُم وَدُن تگان نہٕ چھُم اَسُن تگان۔ مت گوم پستہٕ پیٚنٹھ دوٚہھ تہٕ دارِہ کینٛہہ دِمہٕ دوٚہھ۔ اماپوٚز میٚہ تُجٕ نہٕ زیٚو تہٕ ہِلاوِنۍ۔ ٹھوٗد دوٚہھنک اوسُن سوالی یادٕہ سپدان۔

میہ آیہِ امی وِزِہ زیادٕہ ژاس۔ سیٚٹھاہ کالس رُوز ژاسس جٲری۔ ژاس کران کران گوٚو میٚہ سِینہ ترٕیٚن گرٕزُپس۔ زن میٲنِس وَچھس پیٚنٛٹھ خبر کُم تانٛۍ ڈُوٚنۍ آسہ پھٕڑان۔ میٚہ گوٚو اَچھن تہٕ اَنہٕ گوٚٹ۔ زن اوسُم کھوٚرنیوٗ ہٹہٕ پیٚنٹھٕ آہِستانس تام کُستامت رِزٕہ سیٚتۍ لمان۔ میٲنہٕ ژاسہِ ہُند کھرٕدن کھرٕدن بوٗزِتھ گیہِ واریاہ میٲنِس داڈِس منز جمع۔ تِم گیہِ چارپایہِ ڈُچھِن تہٕ کھوٗرۍ اِستادٕہ۔ ہیہِ بوٗنگہ ہی لگ میٚہ تِم وُچھنہٕ۔ میٚہ زون زِہ میٚہ آو مرنک وقت۔ اَمی وِزِہ آو ڈاکٹر محی الدین اکھ مشین ہیٚتھ۔ تمِس سیٚتۍ اُس اکھ جان اڈٕوَر زنانہٕ۔ تَمہٕ سُند بُتھ اوس زن موجھمُت سماوا نیہہ نیہہ کران۔ سیٚٹھاہ خوش شکیل۔ سیٚٹھاہ نفیس وَردن لٲگِتھ۔ تمِس

پتہٕ پتہٕ آیہِ اکھ داسے۔ تمِس اکھ اوس ناسوأری رنگٕک ریشمی برقعہ۔ یہِ
اسہِ سہ اُمو سی اڈور زنانہٕ ہُند۔

ڈاکٹر صاب وُچھت گیہِ ساری اکِس طرفس کُن۔ بلی ہُند مول لوگ
تس ٹھلہِ ٹھلہِ وُچھنہِ۔ میہٕ اُس نہٕ ژاس رُکأنی۔ یوٗ اُکِس سورُوی پان
وُچھُن تہٕ کھوور بچھاوان تہٕ ششتر وٕہ چارپایہِ ہُنیل ملہ ناوان۔ ڈاکٹر محی
الدینن کڈ ٹچندہ منزہ اکھ دَواپلِ۔ سو آیہِ رأولن میہٕ پانہٕ۔ یوٗ اُکِس نہٕ
امہِ وِزہٕ تہٕ اُمی شُند بُتھ وُچھُن یژھان۔ بیتہٕ ہسپتالس منز رُودنا دوٕ ژٕ
اُمِس درأیِ ڈاکٹری کا نہہ۔ یہِ کیتھ گو دمیہٕ اگادہ!

دَواپلِ کھینتھ گیہِ میہٕ ژاس رژھ کھنڈ بند۔ یوٗ آیس زورٕ شاندس
پتھ ساونہٕ۔ ڈاکٹر محی الدین لوگ مشینہِ کیاہ تامت ٹھک ٹھک ہیوٗ کرنہٕ۔
تمہِ پتہٕ ووٚن تمو اڈور زنانہِ کُن ــــ "بیگم!"

بیگم اُس میہٕ کُن عارہ ہُرٕ وِچشمو سیتۍ وُچھان۔ زن سو اَڈنیندرٕ
کأنسہِ ہشار کرِ۔

"حکم ــــ" تمہِ دِتنس جواب

"وُچھوہ تہٕ یہِ۔ کأژاہ شرارتی چھہ یہِ میأنی کورہِ ہِن۔ چھنا زن عین

تہٕ ژھینہٕ ہتہٕ ! "

میہ باسیوٚ زن اَنہٕ گٹس منز گاش۔ ڈاکٹر محی الدینن ذٕیوٚہ " میانیٚ کوٚرِ ہنٛز " لفظ بوزِتھ گیہ میہ زُم زُم کھڑا۔ زن میہ بجلی تارہ لاجکھ۔ میہ مۄژراوِہ اٲچھ۔

ڈاکٹر محی الدینہٕ آستہٕ نوٹ میہ کلہٕ پیٹھٕ نس کوٚٹس پیٹھ۔ سوہ لٔج میہ ڈیکہٕ ہور وُچھنہٕ تہٕ چوٚنٛٹھ صاف کرنہٕ۔ میہ توٚگ نہٕ امہ وِزِہ کانٛہہ کنہٕ وُچھن۔ بوٚ اٲسس کنوٚ ڈاکٹر صابنہٕ زٕیوٚہ بیہ اکہٕ لٹہٕ بوزن یژھان — میانیٚ کوٚر، میانیٚ کوٚر — "

میہ وِیت زدٕرہ دَندن پیٚر۔ بوٚ کھوٚژس زٕ میہ گوٚژھنہٕ یہٕ لفظ دندٕہ برٕنیوٚ کنہٕ نیرِتھ ژلُن۔

ڈاکٹر صابن تُلٕ میانی وٕنٹھ زٕ پنٛنیوٚ اوٚنٛگجو سیتی تھوٚو۔

" مۄژراوسا اٲس۔ " سہٕ توٚگ میہ ونہٕ۔ یتھہٕ کنہٕ توٚکٹس شرِس پنٛنہٕ مول ٹاٹھہٕ نیارہ سان دوہ دہ چھٕ چاوان، تتھے کنہٕ چاوٕنس بوٚ ڈاکٹر محی الدینن دوا۔ یہٕ دوا چھیہ ژٕوٚل میہ پرٛاژوٚ کنہٕ نیرِتھ۔ میہ اٲسی دنٛد ذورہ بند تھاوِ تھو۔ ڈاکٹر صابن ترٛٲوِ چھیہ دنٛد میانین دندن منز۔

"مٕژراوسا اُس!" سہٕ لوٗگ میہٕ ونہٕ۔ میہٕ مٕژر ووٚنہٕ توتہٕ اُس۔
"مٕژہ راٚوِن اُس میوٗن گوٗبُر!" امہٕ وِزِہ ژٕود نہٕ میہٕ پانس تانٛ۔
نجرِ کیتھہٕ کٕنٛو گیہٕ میہٕ مُومژن نرِیٛن حرکت۔ بوٚ گٔییس تھوٗد وٕتھو۔ میہٕ روٗٹ
ڈاکٹر صاٚب نالہٕ میتہٕ۔ "ڈاکٹر صاٚب — "میہٕ ژٕجی ژاس کران وٕدن کرِتھ
نیرِتھ۔ شہرے بوٚ نسہٕ مرہا نہٕ۔"

ڈاکٹر محی الدینن گرٕم گرٕم شاہ اوس میانہِ تالہٕ ژٕمن ژٕمن پھیران۔
میانِس ستس پھش پھش دِوان وٕون ڈاکٹر صاٚبن — "تِنا بَنہِ نہٕ۔ بوٚ نا
پِرِسے نہٕ ژِیہٕ مرنہٕ — " بُزِتھ گیہٕ میہٕ ساٚرٕی گنڈٕ یلہٕ۔ سوزٕوی بٕشرٕ وٕک
آو مٕژراونہٕ۔ بوٚ ہیکہٕ نہٕ وٕنِتھ زِہ میہٕ کوتاہ پھیوٗر۔ میہٕ کیاہ گوٚو یہٕ —
میہٕ کیا زِہ اوسہٕ امہٕ دوہہٕ مس چھوٗلمُت۔ میہٕ کیا زِہ اوسہٕ امہٕ دوہہٕ
کنکوٗ دِیمُت!

# کُس لُوٗگ داوس؟

مُنزِیمؠ یود اوس وُنہٕ درواز اژُنے نِہ پرِٛبھن تیٚجٕ کُنی ٹِکھ تہٕ سۄ ژٲلِیہ چوٗکس اندر۔ لچھمی شوٗری اُس تس سیتۍ کٲنی ڈبہٕ پیٚٹھ کٔتھن میٚیھہ۔ تس توٚتہٕ فِکرہ تِہ پرِٛبھس کیاہ گو۔ یہٕ کیازِ ژٲلِیہ کتھ اَڈٕنی ترٲوِتھ شِی کرٕتھ چوٗکس منز۔ لچھمی شوٗری اوس آمی وِزِ پرِٛبھس اَکھ سوال پرٕژھمُت۔ یَتھ سوالس سۄ یُژ کالہ پیٚٹھہ رچھِ اُس کران۔ جواب تِہ اوس تس پانس نِشِ۔ تس اوس پانس بہتہٕ یہٕ ڈُپٕ زِ تِہ تمِہ اوس پانہٕ وُچھمُت شرٕین ہُند ماشرٕ پرِٛبھس کُن تیٚلہ ٹارِہ وُچھان۔ اما پوٚز سۄ اُس یہٕ زانٕنتھ ترِیِھ نیٚین امارن تہٕ اشارن سان ہیوٚن پرٕژھان۔ لُکہٕ اوسُس جان، یُتھ شوٗریہ

تیٖتھ بَس ادس سُہ پوٗرہ پأٹھۍ نظرن ژھینوٗ مُت۔ ہرگاہ پریٖتھس تہٕ منظور آسہِ، تیٖلہِ چھُ پریٖتھن مول لچھمن جوٗ مَنہٕ ناوُن۔ تہٕ یِہ چھِنہٕ لچھمی شوری نِش کانٛہہ بڈ کتھ۔ سُہ تہٕ ذانہٕ غنیمت۔ لُکہٕ کر چھُ خانداٗنی۔ انان زینان۔ پیٹھ چھُ دوٗ شوٗرے ٹھٔس سوٗرو پریٖتھس سیٖتہِ سیوٗد، پُرژھنس اوسُس نہٕ وار۔ اَدے اُمیوٗسو کتھہ کتھ کران کہِ نا ژِہ تہٕ اندازہ پریٖتھس نِش پننہِ سوالک جواب ژھاران۔ اُکھوی منز ژاو مُنزِیمُ یورِ دروازہ۔

مُنزِم یأرِ وکرُ ہوٚچھی ژاس تہٕ تِتھو سیٖتو کرُن لچھمی شوری سلام۔

لچھمی شوری گَو ا مِہ وِزِہ مُنزِم یأرِ سُند بُتھ وُچھِتھ تہٕ کُڈُر۔ کچھا اُمِس سو مُنزِم یارِس منز وتہٕ پیٹھ رُٹھتھ ٹیکنہِ ژھانڈان تہٕ کچھا گو بیوٗ ازِتس سلامہٕ ہُند جواب دِین تہٕ۔ لچھمی شوری کوٗر پانس سیٖتو سوٗنچ۔ دوپُن یِہ چھُ طُفان ہِش کوٗر۔ میٖنہٕ دوٚپ یِہ کیا زِہ گیہٕ دَوان دَوان چوکس منز۔ ادہ بی بَبِ لسُن تے۔ تو تہٕ چھُوی ژوٗ واطرف عینس روزان۔ یوٗ سےٚ یُتی اُسِیس وُچھِ میٖنہٕ ما آو یوزِ نے۔ "

لچھمی شوری دیُت اُندری کنہٕ یِ سوٗنچان سوٗنچان مُنزِم یأرِس جواب۔

"جان ہَبا چھیک۔ ازکتھ کنہٕ بیٚہ اُسو ژٔیِتس ؟ "

مُنزِم یأرِی ترأو پھیٹکیو پلینٹھر ژادریلہ تہ کھورباںٔز سانِی بیُوٹھ وَگوِس پلینٹھ۔ اَتھ کیتھہِ دِیُت نہٕ تمۍ کانہہ جواب۔

لَچھمی شوری گیہٕ تھوٗد وُتھِتھ تہٕ نرِہ گلوان پلینٹھس ونِنہٕ:

"تھاو با وُچھمے چاٗنۍ دَور سیٹِس شہرس منز اوی نہٕ ژیٔہ میانہٕ جگرہ کینٛھہ اَکھ تان تِہ اتھہ۔"

مُنزِم یأرِی دِیُت دَم تہٕ دَم دِتھ وُوٗنُن پوٗکس کُن بتھ کرِتھ:

"ژیٔہ نبی چھوٗی نہ وٕیژاٗنی کانہہ۔ تتھ کیاہ کرہ بوہ۔"

لَچھمن شوری پیُہ دوتِر توٗ نمٹھ تالِہ پلینٹھ بیون۔ اَتھ ہیوٗر کُن ڈریہ کران دوٗنس دزان دزان — "آہن بامیانی وِزہ گیہٕ شہرس کہنے گھرہ۔ تان زہ اَنِتھ۔ تمِ ترِنہٕ کنہٕ کامہ ہندی۔"

یِی ونان ونان کِچھ لَچھمی شوری ٹوکرہ منزہ ٹیکنہٕ نرہ۔ یِمے وِژن میٹ کرِتھ مُنزِم یأرس نِتھِس بَرِتھ۔

لَچھمی شوری اُس دوہ ژ بدلِ ستھ گاٗمژ۔ تس اُس خبر زِہ یہ دُنْدگ گیہٕ میٛہ ختم۔ دَین اوس تس گھرسی منز شوٗبہٕ دار تان ستوز مُت۔

یہ مُنزِم یور تہٕ اوس نہٕ کاٗنژ چیٛتھ آمُت۔ یہ اوس شہرہ کین تمن

سارِنی بڑٕ گھرن پِوان گڑھان یِمن کورِ تہٕ نیچوِ نیتھرس پاٹھرس کِتھ تیار آسہٕ ہن۔ یہِ اوس داہ وُری شہِ کورِ کُن وُچھت اندازہ کران زِ اَمی ہندِ خاطرٕ کر پزِ میٚہ ٹیکہِ ہیٚنٛتھ اتھ گھرس منز اژُن۔ یہِ اوس نزنانن ہُند تھُجھ وُچھِت تھٕ ہُندیٚن امارن ہُند ژھوک تام پرزِ ناوان۔ تمِس اوس پڈیتھ کانسہ کورِ تہٕ لڑکہٕ کرُن یِہ سندِ پیے۔

لچھمی شوری ہنزِ کتھہ ہُند تکہٕ تراو وُچھتھی نزوان اَمی زِ اَمِس چھیٚنہٕ یِم تان زِ کینہہ تہٕ ژھمے ہتہٕ۔ وو زٕ چھہٕ یِمن ہیٚنٛڈ کتھہ باتھ کرِ زٕ فضول۔ اما پوز یہِ اوس نہٕ پانس ہیٚنٛڈ کتھہ ہیٚنہٕ خاطرٕ تیار۔ اَمی اوس دُنیاہ وُچھمُت۔ یہِ اوس اَمی ہندِ نستہٕ ہُند سوال۔ یہِ اوس نہٕ پگاہ بوزنہٕ خاطرٕ تیار زِ :

"ہتہٕ بی یہِ چھا سُوی رمضانہٕ۔ وُری گوم اَمِس پیتہٕ پیتہٕ پھیران۔ یہِ ہیٚوک نہٕ شوُبہٕ دار ٹیکنہِ ژونٛد اَنِتھ۔"

"اَدٕ یِو سہ بروٗ ہنہٕ ٹیکہِ انِے یِم، تتھ اَیِی سخ شوُب۔" مُنزِم یاد رُو کوٗز پانس سیٚتی سونٛچ۔ تس پیٚیہٕ یاد پرٛسچ کتھہ۔ پرتھس اوشکہٕ پرٛس آسِ سیٚتی گونڈمُت۔ کالہٕ آو گنڈنہٕ تہٕ پگاہ آد ژٹنہٕ۔ تہٕ کیا زِ۔ نیچوِ دالیٚن اوس ہیٚوُت دِیت کم گومُت۔ تمِن اَمس خبر لچھمن جوٗس چھہٕ سو نہٕ کھو ڈُگھرِ۔

کُنی کوزِ ھِھس۔ یہ کیاہ کرِہ نہٕ اُسِ۔

لچھمن ہوٗ چھُ ایمہِ اکٕہ اکِس لاس نِش مُنُش۔ تِمن اُس خبر لچھمن نے

تہٕ رساس نیر نٕسی۔ یہ چھُ پوٗز زِ لچھمن جوٗن لالہ اوس بلیک کرِتھ ہوٗس بیہوٗمت

مگر لچھمن جوٗ اوس تتہٕ تِھوٗی۔ تس اُس نہ دوٗیِم قمیض بوٗران۔ پاٗجامہٕ اوٗس

سُہ تہٕ مند لہٕ تاہٕ دُج لاٗگتھ۔

مُنزِم یاٗرہ دِژ کتھن اُندری تٕرایھ تہٕ زِیوٗنٹھ ووہِش تراوِتھ ووٗنُس:

"آہن بی۔ تیلے سہٕ اور سیرہ سُند گھرہ ژھالجیوم۔ تتھ کیا زِہ کرُتھ

ژھوہ یہ؟"

مُنزِم یاٗرہ دِژ سو کتھ بُرِتھ یو سہٕ لچھمن شوری دِلس لج۔

"کوتاہ جان تان اوس یہ!" لچھمن شوری سوٗنچ اُندری کنہ مگر نیبرہ کنہ

ووٗنُن ساٗرسی پاٗنس بوڈیل دِتھ:

یِمن بڈین موہنین گرٕھ بوڈوی دارج آسن۔ "تس اُس تلہٕ بٕنین

کوٹھین ہنز خبر۔ سو کتھ کرِہ سے اوران۔ مگر یہ زاٗنِتھ تہٕ اوس تس مُنزِم

یاٗرس ہتی ہین کھُل باہ ترکھ بناونوٗی بُڈ شان باسان۔

لچھمی شوری ووٗنُس ژکھِ سان:

"اَورسیر چھُ تہٕ پانس چھُ۔ میٚہ چھِنہٕ کُوٗر دٲیہِ تٲلِنس کینْہہ تہٕ سوزٕنی
بہٕ ہیٚا چھس جان یہِنٛ خانہٕ اُنی تہٕ لوکٕٹ موکٕٹ گھرٕ ژھاران۔ میٚہ
کیاہ کرٕن اَورسیرٕن تہٕ انجینیرٕن۔" لَخمی شوٗری بیٚیٹھ ووٚنی چوکہٕ کِس
داسس پیٚٹھ تہٕ دَماہ دِتھ ووٚنُن بیٚیہِ:

"ہرگاہ بیٚیہِ کانٛہہ گھرٕ نظرِ تل چھُوی تہٕ وَنتم۔"

یہٕ کتھ وُذی تمہٕ مُنزِم یارِس بُلی۔ تہٕ کیازِ تمِ اوس پرٛبھہِ نہٕ خاطرٕ
تان وُچھمُت۔ یہٕ وَنُن گژھِ زیادٕ جان زِ کُرُور اوس پانٕنی تہٕ ژِیشِ
ہُتِس نِشہِ دوتمُت۔ یہٕ کرُور اوس ازکل لَخمی شوٗری ہِندس گھرس
منز تمی سِندین شُرین ہِلیچ ژٕریشں چاوان۔ اُمِس اوس ناو موہن لال۔
لَخمی شوٗری اُمِس دِیان۔ یہٕ چھُ لُسن لایق لڑکہٕ۔ اکھ چھُ کتھ تانی
دفترس منز مُلازم، بیٚیہِ چھُ لوکٕٹ موکٕٹ ٹیوٗشن تہٕ کران۔ ووٚنی امہِ
کھوتہٕ کیاہ۔ شکلِ عقلِ کِنی تہٕ چھُ جان۔ پیٚٹھ چھس ہیٚتیچ دِتیچ نکہت۔
اُمی سنزٕ کتھ بُوزِتھ اوس لَخمی شوٗری طماہ گژھان۔

"وائے بگرٕ میٲنہِ تہٕ ہرگاہ تیتھوی کانٛہہ لڑکہٕ گھرٕ پٮ۪نہٕ واتہٕ ناوٕ
ہے تیٚلہِ کیاہ اوس!" یہٕ شوٗنچھ سوٗنچ زن اوس لَخمی شوٗری اَندری

کیتوم لونگمت۔

سو اُس گرِہ گرِہ لچھمن بھوٚرس ونان :

" اژداہ وُرِش کوٚرچم بروہہ کنہٕ ، سو ترٕ نارِہ وُزبل ہِشِن۔ میٚہ چھوٚہی کیاہ تامت گژھان ترٕ ہیٚز اتھہٕ کھوٚر وُچھِت۔ "

مُنزِم یاڑی تھاوِہ ٹیکنہٕ زِہ چندس۔ بیٚھتوٚہی سہٕ دروازِہ نیبرٕ ڈراو۔ پرٕ تھیٚن مول لچھمن جوٗ ژاو دروازِہ اندر۔ دوٚشوٚی کوٚرپانہٕ واُف بڑر پاٹھٕ۔ اندر اُژِ تھہٕ ترٕ و لچھمن بھوٚرن زیٚوٹھ دوہ ش ہیوٗ ترٕ ہیتی دِتن کوٹھ دِلنچہٕ پینٹھ برٕ بتھ۔

کاٗنی ڈٕ بہِ طاقہٕ پینٹھ دِژ تموٚ آنگنس منز نظر۔ مُنزِمؠ یور اوس ییتوٚ رسی کالس آنگنس منز ووتمت ترٕ کس تاف بیٚس زنانہٕ ہیتو کیتھہٕ کران۔ پرٕ تھہِ دراہِ چوکہ منزہ نیبرٕ۔ لچھمی شوٚری تُل خانہ دارِہ سُند کھوٚرش کھووُر بُوٹھ دِلہٕ ہیتی ترٕ سہٕ تھوٚدن گرژنجس تُل شوٗرِہ لیچہٕ نِشِس پچھہٕ پینٹھ۔

" تلے جاوکھ ناترٕ یشہٕ گوٚلاہ ۔ " لچھمن جوٗ دوٚتھ کورِہ کٔن۔ کاٗنسہٕ کٔن وُچھنہ وراُو تج پرٕ تھن طاقچہٕ پینٹھ بجیر تہٕ سنے ترٕ بیٚہِ اتھہٕ ہیتو تُلن گرژنجہٕ

چینٛژھ مبر تلِہ ہُند گُژہ۔ پوٚت نظر دِنہٕ وراٰیہِ وُژھ سو کھرٛا و لاٰگِتھ نلکس پیٛنٛژھ۔

لچھمی شوری دژاپہ چھکہ منٛزہ کانگرِ ہیٛنتھ تیوٚنگل پھکان۔

"توٚہی ما چھیٛوٚ کینہہ ؟" تمہِ پرٛژھ لچھمن جوٗس۔

لچھمن جوٗن دیت ڈایھ۔ لچھمی شوری کٕن نظر تلِتھ بیٛوٗھٕ سہ لتس تھلہِ تھلہِ وُچھنہٕ۔

"یہ کیاہ اوس ونان رمضان جوٗ ؟"

"ونان کیاہ اوس کلہٕ پنٕن۔ ٹیکنِہ زِہ آسنم اتہٕ مژٕہ میہٕ دِژمس بتھس برٕتھ۔"

لچھمی شوری دیتُنس جواب۔ کانگرِہ پھوٚکھ پھوٚکھ دِوان رُوزسو دارِہ نِش اِستادہ۔ کانگرِہ پھوکھ دِنہٕ سیتۍ اوس تسند بُتھ کلہٕ پُٹھس ہیوٗ دوٚہ زلان۔ تیوٚنگلن ہُند سوٗر آو تَس ساٗرسی مستس منٛتھنہٕ۔

"کیاذِہ ؟" لچھمن جوٗ بیٛوٚٹھ شانن تھچنہٕ۔

اُمہ سندِس سوالس جواب دِنہٕ بدلہِ دِژ لچھمی شوری دارِہ کُن کٔنیکھ ــــ

"کھَسان کونے چھک۔ گو ڈینیتھ کھاُری زِہے ماُلِس ٹرِیش۔

اَدِہ گرٕژھ بوہٕ کنِہ دربار داُری لاگنہٕ۔

پَتہٕ پھِرِ اُسس بوہٕ کنِہ نٔلکس پیٹھ بیٚن محلہ کورین ہِیتی کِتھ تانی پیٹھ کھندٕ کران دیوہ لُس تمہ مُنزِم یاُرِی سُند پرٕژھان آسہٕ۔
"بیہٕ بیتھ۔" لچھمن جُوَن پھپوُرِ لچھمی شوری بُتھ ہیوٗ۔ لچھہ پھرِ دوٚنوی مہٕ آس بجِہ کورِہ روپہٕ یِوان۔ کیتھے میٚہ سیتی کران چھک، اور کیاہ چھوُی سَنُن۔"

لچھمی شوری بیٹھ بیتھ۔ کانگر اوٚک طرف تھاوِتھ دِیت تمِہ دوتہٕ ہِندہ دامنہٕ سیتی بُتھِس تہٕ مستس پھش تہٕ یان پھرِ نوُوٗن بٔنِس طرفس کُن۔ زن اتھینتھ بٔیاکھ اوسُوی نہٕ، لچھمن جوٗس تہِ کھُرشِ ژکھ۔ سُہ تہِ بیوٗکھ ژاہہٕ کوٗٹ کرِتھ۔ کھو نوکھ تھوُن دم دارِہ منزٕ تہٕ شکر آچارس کُن بُتھ کرِتھ بیوٗکھ پاٹھ ہیوٗ پرہٕ نہٕ۔ لچھمی شوری اوس اَندری کنہٕ دَم ہیوٗ باسان۔ مگر بُتھِس پیٹھ اُس درٕہ کھاُرِتھ۔ لچھمن جُوس باتہٕ لچھمی شوری ہنزٕ ہِہ ژھوپہ زن تہٕ ژٕلِس یِوان۔ رژِھ کھنجہٕ دَم دِتھ وٗون تمہٕ لچھمی شوری کُن :

"ژٕنہٕ کیاہ چھوٚہی زٕن راش ہیُوٚ نوبت ؟ "

"نوبتُوٚی چھم ـ "لچھمی شوٗرہی دِیتُس جواب ـ امہِ وِزِہ دِیُت امہِ بیٚنہِ پانس یتہِ بیٚٹھہٕ ہور تاذٕ بوٚڈٕیل ـ مگر اسُن اوسُس دٕھن منز چارِنہٕ آمُت ـ

"کیاہ سنا ـ جہرِیٚن کوٗر چھےٚ گرس منز ـ تمِسی چھوٚی نہٕ اکہ تان ترٕبیٚٹھان ـ" لچھمن بوٚزٕن زٕن اوس زنانہِ سیتی لڑٲیہِ کرنہِ خاطرہ ہوٚل گوٚندلمُت ـ

"کیاہ چھکھ دوران ؟ "لچھمی شوٗری پھوٚش یہِ دٕنٕ ـ" میٚہٕ چھُ تان نظرِ تل ـ "

تمِ کٔرٕ زٕن خاطرٕ کتھ نیٚز ـ لچھمن جوٗرس گوٚو رنگس بیٚےٚ رنگ ـ اَمی وِزِہ ژٕایہِ پٔریٚتھ کھراوِہ ٹھس ٹھس کران اندر ـ تمِ تھاوٕ جیرِ تہٕ نِےٚ ماٚلِس بروٗنہہ کنہِ تہٕ ترٲیشہِ گٔڈہ پلہِ نوٗدٕن ماجہِ کُن ـ پانٕہ لیٚجِ چِلمِ چُمبہٕ سیتی تچھنہِ ـ لچھمن بوٗزٕن چھوٚو ترٲیشہِ گٔڈہ اکی شاہہِ گھٹہٕ گھٹہٕ کران ـ

"تھوٚوٗسہٕ با ـ یہٕ تھاوِہ تیوٚنگٕل پانسےٚ ـ " تمِ نیٚیہِ چِلم پٔریٚتھ تہٕ اتھہِ منزہ تہٕ تٔلتِس پلہِ نوٗدٕن سرتلہِ ہٕند گٔڈہ ـ سہٕ اوس لچھمی شوٗری

ہُند یہِ انکشاف بوزُن یژھان۔
لچھمی شوری زون زِہ پریمن مول کیاہ چھُ یژھان۔ سو وُژھ
پرپھس کُن :
"تلے گژھ یم وُچھکھ باُڈی کیاہ چھی بو نہٕ کُنڈس منز کران۔ خبر
یہِ ماشٹرجی کیازِہ آکھ نہٕ وُنِہ۔"
"آمت ہے چھُکھ۔" پریمن وونس چوکس نشن واتِتھ۔
گڈٕہ گرونجس پینٹھ تھاُ دِتھ وُژھ سو بنیہِ کھڑاو لاُگتھ بوان۔
"اچھا گو وکانہہ ٹیکنِہ چھیہ میچھرٕ۔" لچھمن بُوزن پرٛژھ زنانِہ لولِہ
سان۔ سیتی سیتی بُویوٹھ سہ چھمیہِ سیتو تیونگُل تلُنِہ۔
"ٹیکنِہ وٹیکِہ نہٕ کینہہ اما پوز لڈکرِ میوٗل۔"
کیتِہ کہُند۔ کتھ کو نہٕ چھُکھ پورِہ پاُٹھو ونان۔ "چھیرِہ ہیوٗتن
گورِہ گورِہ گژھن۔ لچھمی شوری اُس خانہٕ دارس نگُو رِتھ ونِن یژھان
مگر بہٕران اُس نہٕ۔ دپان اُس خبر یہِ کیاہ ونہٕ۔ خبر مانیا۔ خبر یہِ ما دپِہ
ماجہ تہٕ کورِہ چھیہ ماشٹر صابس سیتو کیاہ تام اُٹ ہِشس کرمژ۔ خبر یہِ
ما گژھِ نہ جان۔

تَس آیہٕ یِتھی ہیٚ واریاہ خیال برونٛہہٕ۔

لچھمی شوری ڈاجِ منٛز کتھ۔ "از نہٕ سٟہی پگاہ ونٛوس۔"

"ازکل چھہٕ تسنٛد کھاندرٕ کھاندرٕ بے۔" "سو وُژھ خانہٕ دارس کُن۔"

"گرٛٹھی تا آسنہٕ۔ باگٕوانن چھا ہیٚنٛگ ہی آسان۔ اسہٕ تہٕ آسہٕ ہے یہٕ کام پر سوٚری اندیشہٕ۔ غاٗرِ یہٕ بھگوانس منظور آسہٕ تی بنہٕ۔ ژٕ ری چھکھ وَنان زِہ میٚہٕ چھہٕ کُستامت لٔڑکٕ نظرِ تل گومت۔"

لچھمی شوری کلیہٕ ژیوٚلتس پیٚٹھٕ اُندری کنٛز کس تا ذٕسیٹھو جنگہٕ جنگ کرٕنٛ لِتس رٕودہٕ وہٕ نٛو ونٛس کانٛہہٕ چارٕ۔ "تو ہیٚنٛش چھا ژُورٕ کیٚنٛہہٕ۔" یہٕ ونان پٕچھ سو رٕژھ کھنٛڈ بیٚہٕ برونٛہہٕ کُن یُتھ زِہ لچھمن جُوٗنس گُنٛڈِس سیٹھو آوُ تَسُنٛد کُنٛہٕ بَلہٕ ناونہٕ۔

کٲشس سنا؟ "لچھمن جُوٗن تھاوٕ سے ہو نگنہٕ سیٹھو ڈُکھرٲوِتھ۔"

"موہن جی۔" لچھمی شوری لٔج رٕینس تھلہٕ تھلہٕ وُچھنہٕ تہٕ سہٕ لوٚگ تس جیرہٕ دکٕرٕ ہیوٚ دِتھ۔ پرٛژھنس لچھمن جُوٗن:

"کیاہ چھکھ ونان۔ تِژہ ما چھکھ پاگل؟"

لچھمن جوٗ بیوٗٹھ زنانہٕ ہندِس تقریرس ڈاپھ دِنہٕ۔

"بوزٕ۔ بوزٕ۔" لچھمن جوٗ بیوٗٹھ پانس سیتۍ بوزہ شوٗر کرنہٕ۔ لڑکۍ تہٕ ناکارٕ کینہہٕ چھِنہٕ۔ تنخواہکۍ زٕہ ریٚتہٕ چھس اکھتوٚہی وٕنہٕ اسی نِش۔ پگاہ چھہ سنکرات، پگاہ گژھن اَمِس زٕہ ریٚتہٕ تنخواہ میلنۍ۔ یہِ کیاہ آسہِ دنان زٕہ یِم رِتھو تادَن زَد چھہ۔"

"اکھ کتھ دَژو وُہ۔" لچھمی شوٗری بیٹھ خانہٕ دارِس ستھ ہِش بتماو؛ سات اوس موہن جیَن شریٚن پژ زحمت زِہ پرِبھاجی کتہٕ چھہ۔

"آدٕ۔" لچھمن جوٗ گوٚو غوٚ ملن۔

آدٕ کیاہ گوٚو۔ تو ہہٕ کیاہ چھوٚہ خبر۔ تیتھوٚی پرِبھن شریٚن نِش ہِ کتھ بوزٕ، تس گیٚہ گمہٕ بشرٲن۔ میہٕ گوٚو تَتی شک کیاہ تامت دلیل چھہ۔"

"آخر دلیل کیاہ چھہ؟"

"توہہٕ گژھِ وہ سورٕ دی کینہہٕ نشرِ تھ دَنن۔"

"نہ نہ میہٕ نِش گژھِ زدٕرہ تھوٚن۔ یوٚتامت سُہلاب تالہٕ نام واقی۔ چپایٚن بخیلن۔ توٚہی کرژھہ کتھ چھوٚہ پیرہ کران۔ میہٕ دُچھنہ پانہٕ پرِبھس تیوٚتھ ناکارٕ کینہہٕ۔ آدٕ اُسن گندَن چھہٕ آمتوٚی۔"

" پرٛتھ کیاہ چھہ ونان ؟ "

"لَسہ کیاہ چھُ وَنُن۔ سو کیاہ گژھہ وَنُن۔ یژھہ کتھ چھا کوٗر زانہہ زِیُوِ سیتہ ونان۔ توٚہ پتہٕ تہٕ میاٚنی کوٗر چھیہٕ تمن ہِشِس یہٕ مُنزِم یاڑِس تہٕ دِلہِ چھہ ژٹان۔ یہٕ کتھ چھیہ صاف زِ ماشرٛاجی چھیہ پانہٕ تیار۔ لَسہ چھیہٕ کتھ سمان۔ ننہٕ دنتم زِہ زِہ ریتھ زٕودِس اسی نِشہٕ۔ اَمہِ ماجہِ ہِندی گوٚبرٕن چھا زانہہ ہیژھہ تہٕ ہیوٚتمُت۔ " لچھمی تشوزی نٔیلہِ خانہٕ دارِ ہسنز تراے ؤچھِ، تس بڑییہٕ ہمت۔ سو لُج تسہٕ پانہٕ اَپُز وننہٕ:

" داریاہ پھِرِ کر ییہٕ میہٕ اَ... سیتہ کتھ۔ باسان اوسُم زِ یہٕ چھُ کیاہ تامت وَنُن یژھان،۔ مگر وَنِس چھیہٕ بہٕران۔ "

" اگر ژٕ یہٕ لڑکہِ ژمیٚوٗمُت چھُوہی جان گوو۔ میوٚن چھیہٕ کانہہ ٹھاک اَدٕہ میہٕ تہٕ یہٕ کینہہ طاقت پاٚدٕہ گژھہ تہٕ کرٕہ۔ " لچھمن جوٗن وَدنس کتھ [illegible]

" نیلہِ چھُنا جان توٚہی کرِو اَمِس سیتہ پانے کتھ باتھ۔ " لچھمی تشوزی شوٚنچ یہٕ تہٕ تسِ شرف چھُ تہٕ چھیٚنہٕ ترٛٲوِس کتھے چھکاون مُکاون تہٕ وُنگین سٕسی۔

"دۄنۍ ژٕرِیہ کیاہ گوٚو۔ کرٕو کتھ۔" لچھمن جُوٗن دِیُتُس جواب۔

"اَزِ ہرگاہ کتھ کرُو، ہرچہ چھا کانٛہہ۔ از چھُ جان سات، کھانَدر
سات۔ راتھ تہِ اُسی ژٕ لگِن۔ از تہِ چھہِ لگِن۔ نوِ بوٗدٕ وارٕ تہٕ چھہِ لگِن۔
الھتوٗی بلکہِ اُمِس تہٕ ماجہ پرٛژھن اوس۔

"چون خیال چھا بہٕ نیتھ تہٕ ہمی دَم۔"

"نہ نہ۔ کتھ کرنس چھنہٕ کانٛہہ پاپ۔ الھتوٗی گرِٛژھہ اُمِس تہٕ ستھ ہِش۔"

"یِلہٕ ژٕ لچھمی شوٗری تچھپی تچِھس، لچھمن جُوٗ وٕنٛھس۔ یہٕ ژٕ ییٚ خوش کری۔"

لچھمن جُوٗس دوز پوٗرٕ کتھ کرِ سنٛے زٕہ پرٛبھ کھرٛ وَدان وَدان
بوٚنہِ پیٚنٛڈھہ ہیوٗر۔ سوٚ ژاریہ مندچھان بوٗکس اندر۔ تس پتہٕ پتہٕ
اوس ماشرٛاجی۔ اَدٕ تامت ہرگاہ لچھمن جُوٗس لچھمی شوٗری ہنزٕ کتھِ منز کانٛہہ
شک اوس، سہٕ تہٕ گوٚو دوٗنۍ دوٗر۔ کتھ چھہٕ پور واٚژ ہِش۔"

لچھمن جُوٗن کوٗر نہ امہِ ژٕ انتھ بڈٕ یزتہٕ سان موہن لالس پورے
نمسکار۔

سہٕ پرارِتھ نہٕ از تمہ سِندِس نمسکارس۔ سہٕ وٕٛتھ تھوٚد تہٕ وٕنٛنس:

"اُژھہٕ دِچھان۔ بہٕ ادسس وٕنۍ وناٚنی تہٕ ہرٛنش توری کتھ وٕسن۔"

"تیژھ فرصت چھم نہٕ۔ میٚہ اَسن گرٕ پژاران۔" موہن لال ژود دوٚدنی درواز س پیٚٹھٕ۔

"بوٚ اوٚس پانہٕ یژھان توٚ ہیہ سنگمن۔" ماشٹرجین دژ کتھ کران پوٚکس کُن نظر۔

لچھمی شوری ژلہ ہے اَسن نیرتھ۔ تمہِ ہیٚژھ لچھمن جوٗس ژمٹ۔

دوٚشوی بأژو ژون زِ ماشٹرجی کیاہ چھےٚ وَنُن یژھان۔

تمِ کوٚر دوٚ شوٚے بأژ قدم زِ قدم برٚونہہ کُن۔ یُتھ منز س کمی فأصلہ ژود۔ پتہ اُس گرٕوٚنجس ژھایہ پوٚکس اندر سورٕوی کینٛہہ کن دأرِتھ بوزان۔ تس اُس سأری بدنس تھر تھر۔ زن اَس لچھ بزٕ ریٚیہ اُلِ کران۔

لچھمی شوری تہٕ لچھمن جوٗ اوس موہن لالنِس تھس کُن تیتہٕ کنہٕ مایہ ہوٚت وُچھان۔ زن تہٕ رشتہٕ رأژ مہرازٕ اوس۔ تمِ اُسو تموٚ بنزِ زیٚوِ پوٗرِ کتھ بوزنہٕ یژھان۔ مگر اوس اکھ اِکھ ژیوٚہ اکھ اکھ دوٚہ باسان۔

موہن لالن کمُلأدی زیٚوِ ہیتی ڈُھٹ۔ تس تہٕ اوس نہٕ دتُن تگان۔

"میہ دہارا اوس عرض!"

دوشورے بأژ لگ موہن لال نین وُٹھن ہنز حرکت وُچھنہٕ۔ تمن کھوت وو شلُن۔ زن اوسکھ راش پیٚو دومت۔ مگر یہ بھس اوس اندرٕ شاہ تام بند۔ ماشٹرٕ جیَن کوٚر گردنہٕ پتہٕ کنہٕ ستس کشُن تہٕ کشان کشان وٚونُن:

"ماتاجی دہارا دوٚپنَو۔ یہ بھاجی تہٕ ساری شُرِ گرٛ ھن کأنٛلی کیٚتھ ژندر وارِ دوہ شامنس سون گھرہ سوزِنی۔"

دوشورے بأژ گیہِ حأران۔ ماشٹرٕ جیَن تھوٚو کلہٕ بوٚن کنُ۔ تس اُس رائے یم پرٛژھنم کیازِ۔ یلہٕ ہنہٕ یموَ زیٚوِی مُژر۔ مندچھان مندچھان اُچھو ڈُٹھتھ تہٕ اُچھو ڈُٹھتھی دوٚن تمو کنی شاہ:

"میہ دہارا چھُنا بوٚدِ وارِ دوہ لگِن!"

لخمن جُوٗس تہٕ لخمی تشوری آیہٕ کوٹھین لوٚرِ ژُنڈ۔ لخمی تشوری گیہِ جادے مرژھا پھیرِتھ۔ سو گیہِ ہکہٕ پتھر بہتھ۔ اُندرٕ کنہٕ اُس چوکس منز پرٛبھہ شرٛدکنین ژاہژ۔